# کأشرِ بھگوت گیتا

پریم ناتھ کول ارپؔن

وِتستا پرٕکاشن جموں

# ترتیب

کتابہِ ہُنٛد ناو : کأشرِ بھگوت گیتا

ترجمہٕ کار : پریم ناتھ کول ارپن

وٕری : 2001

پبلشر : وِتستا پرٛکاشن

472 وِنایک نگر -II مُٹھی

جموں - 181205

ڈی۔ٹی۔پی : رِنکو کول

مول :

Published with Financial Assistance from the Central Institute of Indian Languages (Ministry Of Human Resource Development, Department of Education, Govt. of India) Mysore - 6 vide sanction letter No. 15-5(8)/99-2000/KAS/ GRNT dated 8th February 2000 under the Scheme of Grant - in - Aid.

# گوڈ گتھ

گیتا جی ہُند کاشُر ترجمہٕ چھُ پنڈت پریم ناتھ کول ارپن صابُن عام لۄکن ہنٛدِ باپتھ اَکھ موٗلُل تحفہٕ ۔ تمو چھےٚ اَمہِ ترجمہٕ رٔنگی کم زان کار لۄکن گیانہٕ صدرٕچ سو وتھ ہاوٕہٕژ یس سارِوٕے کھوتہٕ سہٕل چھِ ۔ تِکیازِ بکھتی سان بجن گرن جایہٕ چھُ پانہٕ بھگوان مۄجوٗد آسان ۔ یہِ چھُ ویدن ہُند دوٚپ ۔

کاشرس شعر ادبس منٛز چھُ صوٗفی تہٕ بکھتی شاعرن ہُند اَکھ باگہِ بوٚرُت ھِصہ ۔ یہِ کلہم شاعری چھےٚ بذاتی دیہِ ہٕندِ بن بکھتىن یا بنٛدن ہٕندِ بن جذباتن ہٕنٛز باوِتھ گران ۔ اَمہِ برٛونٹھ زِ اَسی وُچھو کاشرِ بکھتی باوِکی شاعر ارپن صابن کیاہ دیُت یتھ ساجس ۔ گوڈٕ چھُ یہِ زانُن ضوٗروٗری زِ ارپن صاب کُسٕ آسی ۔

وُچھِتھ عشقہ دریاو وٗژھم تھرٛمے پانس
گیم ییرِوٕنی ناو ترُن مُشکِلا چھُم

یہِ شار چھُ پریم ناتھ کول ارپن سٕنٛزِ زندگی ہنٛز ترجمانی گران تہٕ شاعری ہنٛز تہِ ۔ دراصل چھُ یمو پنٕنین پریشانہِ ین تہٕ جذباتن زیوٚ دِنہٕ موکھٕ غزل اَکھ ذریعہٕ بنوومُت ۔ چوٗنکہ یم چھِ نوجوٲنی منٛز مُشکِل حالاتو تہٕ صحت ناساز آسنہٕ کنٛہ دَلابو منٛزی گذریمتی ۔ تمہِ کنہٕ چھُ یہٕنزن غزلن منٛز دَردِ سوزچ اۆڈرن ٹاکارٕ پاٹھی نظرٕ تل یِوان ۔

ارپَن صأبن چھےٚ واریاہ نظمہٕ غزل تہٕ لیلایہِ لیچھ مژٕ۔ یمو کوٚر "پوٗرن بھگت" سٔنز دلیل کأشرِ یہِ شأعری مَنز پیش۔ یہِ چھُنہٕ وُنہِ چھاپ سپُدمُت۔ یمو کوٚر پنٛچ تنتر چِن کتھن تہِ کأشرِ شأعری مَنز ترجمہٕ۔ یمہٕ تہٕ چھےٚ نہٕ وُنہٕ چھپے مژٕ۔

ارپَن صأبن چھُ گیتا جی ہِنٛدِ ترجمہٕ نظمہِ ہِنٛدِس صوٗرتس مَنز کوٚرمُت۔ گیتا جی ہِنٛزن اَرداہن اَدھیاین چھُ تِمو اَکی ہے بحرِ مَنز پیش کوٚرمُت۔

تِمو چھُ یہِ ترجمہٕ 1995ء مَنز مکمل کوٚرمُت۔ تِم سپدی 25 جنوری 1997ء دوہہ سورگواس۔

یہِ ترجمہٕ آو 1997ء پیٹھٕ 1999ء تام سِلسِلہٕ وار کأشُر سماچار ماہنامس مَنز چھاپنہٕ۔

مےٚ چھےٚ ووٚمید زِ گیتا جی ہُنٛد یہِ نظمی روٗپ کرن پَرن وألی پسند تہٕ گیتا جی ہُنٛد پاٹھ ییٚہِ گرن تہٕ مندرن مَنز لیلایہِ ہِنٛدِس روٗپس مَنز کرنہٕ۔

روشن لال کول

کٲشِرِ منٛز یِیلہِ تحریک آزادی زورن پیٹھ ٲس ۔ لُکھ ٲسی ظلم ، غلامی، سرمایہِ دأری تہٕ بیٚیہِ سماجی بدِتھ گالنہٕ خأطرٕ جدوجہد کران۔ یِمن ایامن منٛز تہِ چھِ یِمو کینٛہہ غزلہٕ لیچھِ مٕژ۔

صحت ناساز آسنہٕ کِنہٕ دوہن منٛز چھُ یِمو لُوٗکھمُت۔

کیاہ خبر ٲسِم جوأنی ہیتھ تِیم پٲغام غٕم
خستہٕ چھُس بَرخستہٕ گُل اَے باغوان چونے قسم

زِندٕ روٗزِتھ چھُکھ اگر یٚیتہِ مرَنہٕ باپتھ مرَ تیٚلے
ورَنہٕ آمُت چھُکھ ژٕ کینٛژھا کرَنہٕ باپتھ کرِ تیٚلے

یِمہٕ نظمہٕ ترقی پسندی ہُنٛد رنٛگ ہیتھ ارپن صأبن لیچھِ مٕژ چھِ تِمو منٛز چھِ عید ،خوجہِ سُنٛد خاب بیٚیتر شأمِل۔ دِیانت مُطأبِق چھُ ضوٗروٗری زِ اِنسان گرِ پنٕنی کرم تہٕ ینٛد رِین گرِ قوبوٗ۔ اَدِ لگِس بوساگرس تار۔ منشہٕ زنم چھُ مُشکِل ۔ یِہ ضایہِ کرُن چھُ جأیِز ۔

وُچھو ارپن صأب کیاہ چھِ وَنان۔

گیانہٕ بود دِژنے دَین یِ سرنہٕ پاپتھ سر تیٚلے
یوٚد یِژھکھ زولانہٕ اگیانکو ژٹکھ پنہٕ نو اَتھو
نتہٕ یِمے اَتھِ چھی ژے ہتھ گرِ گرنہٕ باپتھ گر تیٚلے

توجہٕ۔ باقی درمہٕ کمن بچن کُن وُچھ ہاہٕن ۔ یم لوکچارٕ پیٹھے پنہٕ نہٕ پنہٕ نہٕ درچھٕ کِتابہٕ پران چھِ۔ خیر بھگوان کرِن ساری لوکٹ بڑی لگِن اتھ وتہٕ کُن۔ یہٕ ترجمہٕ چھنہٕ لفظ بہٕ لفظ کرنہٕ آمُت بلکہٕ شلوکُک باو مدِنظر تھاوِتھ کرنہٕ آمُت۔ یُس زن شلوکس تہٕ تمہٕ کِس ارتھس ستی ہشر تھاوان چھُ۔ گیتاجی ہِنٛدِ اکہٕ اکہٕ شبدُک معنی ہنکہٕ پنہٕ نہٕ گیانہٕ مؤجُوب سنبٹھاہ زیٹھ رأوِتھ۔ گیتاجی چھےٚ اکھ سمندر۔ اَتھ یمہٕ لُہرٕ ووتھان تہٕ وزان چھےٚ تمن شبدن ہنٛز گرند کرنی چھنہٕ آسان۔ گیأنی تہٕ یوٗگی چھنہٕ زنما ترن سُران سُران اَتھ تارلبان۔ البتہٕ چھ گیتاجی منٛز گیانہٕ تہٕ یوگہٕ کھوتہٕ پریم تھاونس پیٹھ زیادٕ زور دِوان۔ اَمہٕ نِش کام بکھتی کنہٕ ہنکہٕ اکھ منُش پریم پدٕ مکتی پرٛأوِتھ۔ بھگوان یوٗزِن اَسہِ سارنے دِیَن پنہٕ نہٕ بکھتی ہُنٛد باو۔
پنہٕ نِس لوکہٕ چارس منٛز اوسُس بہٕ شأعری منٛزٕ دلچسپی تھوان۔ اکھ کِتاب "آدن یاد پیوم" چھےٚ شایع سپزمٕژ۔ واریاہ لیلایہٕ غزلہٕ تہٕ ترجمہٕ روٗدی از پگاہ کرِتھ چھنہٕ ورأے۔ یمن حالاتن منٛز أسی پنہٕ نہٕ ماجہٕ کشیرِ منٛزٕ کڈنہٕ آیہٕ۔ تمہٕ وقتہٕ أس زُوس لار۔ زُو بچاوُن اوس سخ۔ یُس تہٕ دژاو سُہ بوٗ زنمس آو۔ أتھی ژلہٕ لارِ منٛز روٗد سورُے تتی ۔ یوزنس منٛز آو زِ سُہ آو زألِتھ سوٗر کرنہٕ۔
بہٕ چھُس آشا کران زِ یوٚ دوَے مےٚ کانٛہہ غلطی آسہِ گمژ کنہٕ جایہٕ تمن کری زبوٗ معاف۔ بیٚیہٕ کری زبوٗ مےٚ تہٕ زانٛی یاب۔ بہٕ چھُس شری جگر ناتھ ساگر صأبُن مشکوٗر۔ یمو مےٚ حوصلہٕ افزأی کرِتھ بہٕ کأم انٛد واتہٕ ناونس منٛز مدد کوٚر۔
پریم ناتھ کول ارپن

اوم شری گنیشاے نمہ

# نۆیدن

شریمد بھگوت گیتاجی چھُ ہندوستانہِ چیٚن تہٕ غیر مُلکی زبانَن مَنٛز ترجمہٕ سپُدمُت۔ شری گیتاجی چھےٚ ساریٚن دارمِک گرٛنتھن وۄپنشدن تہٕ پُرانن ہُنٛد سار ماننہٕ یِوان۔ تِکیاز یِہ گیان چھُ کلہٕ یوگہٕ کس آدِ کالس مَنٛز پانہٕ بھگوان وشنو شری کرٛشنہٕ روٗپہٕ اوتار دأرِتھ پننہٕ نِس ٹھأکُرس بکھتِس شری ارزن دیوس تمہِ وقتہٕ وۄنمُت ییٚلہِ سُہ موہ ساگرس مَنٛز پھٹنس تیار اوس۔ بھگوان کرٛشن چھُ پننہٕ نِس بکھتِس پتھ دیا کٔرِتھ عأنہِ وقتس پتھ یِہ گیان بأوِتھ موہ ساگرٕ تار دِوان۔ ییٚتہِ چھُ مہامُنی وِیاس جی بھگوانن سنٛزِ پرٛشنہِ سنجیس دِیو درشٹی دِتھ یِہ دِیو گیان سأرِنٕے زگتس واتہٕ نأوِتھ کلیان کران۔

شری گیتاجی ہُنٛد ترجمہٕ چھُ بڑیو بڑیو وِدوانو تہٕ گیانی یو کوٚرمُت۔ کأشرِ زبأنی مَنٛز تہٕ چھُ شری گیتاجی ہُنٛد ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔ یُس نہٕ مےٚ از تام نظرِ گوٚ۔ مےٚ چھُ شری گیتاجی ہند ترجمہٕ أکس جذبس تحت کوٚرمُت۔ سُہ جذبہٕ چھُ عام لۄکن ہُنٛد دیان گیتاجی کُن پھیرُنک۔ مےٚ چھُ یِہ ترجمہٕ لیلایہٕ ہِنٛدِس روٗپس مَنٛز پیش کوٚرمُت۔ یُس زن طرزٕ سان گیوٚنہٕ یِنٛگی یا بجنہٕ یِنٛگی عام ہنٛگہٕ گٔژھتھ۔ مےٚ کٔر گیتاجی لیلا یِہ طرزٕ ترجمہٕ کرنٕچ کوٗشِش۔ یِہ کوٗشِش گٔیِہ مےٚ شری کرٛشنہٕ جیہٕ سنٛزِ دیایہِ سٍتی پوٗرٕ۔ ممکن چھُ لۄکن، خاص کٔرِتھ ماجین بینِین تہٕ کوربن ہند توجہ لگہِ اَتھ کُن۔ کاش سأنی نۆوپُر دِیہٕ ہے عام تعلیمہِ سٍتی سٍتی پننہٕ نِس درمس کُن تہٕ

ہے مادۆ کٹہٕ کٹہٕ زیۆن مَرن ہێیہِ گربس ہێنہٕ ین بار بار
تھکِتھ تہٕ پھُٹِتھ چھُس وۆزی پیوٚمُت بھگواَنہٕ موٚنُے یِی نَے عار
ہی کیشو وۆزی نکھہٕ پیٹھہٕ والُم کرٛٔشن پاپن ہُنٛد گۆب بار

شری راوٕ سٕنٛدٕن ژرنن ارپن شنکر مُنی سٕنٛز استوتی
ہی کرٛشنہٕ ہی پرشوتمہٕ بَے سمسارُک کاستم دم بکھتی
ہی کیشو وۆزی نکھہٕ پیٹھہٕ والُم کرٛٔشن پاپن ہُنٛد گۆب بار
دٕین اناتھس پیٹھہ دیا کر تم دِتم یێمہِ بوٚسا گرٕ تار۔

اول کرِ بہٕ دۄن مشہوٗر استوتین ہُنٛد کاشُر ترجمہٕ لیلایہِ ہٕنٛدِس رۆپس منٛز پیش۔

# نارائن استوتی

(جے نارائن جے پرشوٗتمہٕ جے وامنہٕ کمسأری)

جے نارائنہٕ جے پرشوٗتمہٕ جے جے ہی وامن اوتار
کنس آدِ راکھشن سمہار کرٕونہِ سمسار زالہٕ منٛز کرمٛے اُدھار
ہی کیشو نرککہِ دشمنہٕ نکھٕ پیٹھٕ والُم پاپن ہُنٛد بار

جے دیو جے اسرن کھیٛے کرٕونہِ جے کیشو جے جے وِشنو
راوتس پاوٕ نہٕ ہی مہا لکھ می ہنٛدے موکھٕ کملکہٕ لمبودرو
ہی کیشو وۄنی نکھٕ پیٹھٕ والُم کرٕ ٹھمن پاپن ہُنٛد گوٗب بار

ییمہِ سمسارٕکی چیز گنٛزران چھُس کینہہ نہٕ پوٗر چھُ سوٗرے چھُ اسار
ہی پرٕبھوٗ یہِ زانتھ تہِ چھُس شُربن بأژن ہٕنٛز ممتایہِ منٛز گرفتار
ہی کیشو وۄنی نکھٕ پیٹھٕ والُم کرٕ ٹھمن پاپن ہُنٛد گوٗب بار

ہی پرٕبھوٗ ژٕے چھُکھ ماتاپِتامیون پوتھرٕ میتھر دولتھ تہٕ دھن
شُرن آمتین بکھتن چھُکھ رچھن ناو نبتھ بوسرٕ تار
ہی کیشو وۄنی نکھٕ پیٹھٕ والُم کرٕ ٹھمن پاپن ہُنٛد گوٗب بار

ہے پڑھوٗ دیا مےٚ کر تم درچ وتھ ہاوتم

شیوہ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تۂ سنکٹ کاستم۔

کلہِ کالن اُلٹۂ گژہدیو دُشمنو أسی ؤلی مِتی

تژیہِ پُرش برہمن تۂ کھیٚترے پننۂ کرتوٕ ڈلی مِتی

اَمہِ کارن میون مَن بیہِ ہوٚت چھُ اتھ مَنٛز باستم

شیوہ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تۂ سنکٹ کاستم۔

بار بار زیٚنۂ مرنۂ ستی رنٛگہٕ رنٛگہٕ دوکھو دادیو ژوٚٹُس

شُری بأژ آدِ سمسارِکس موہ صٔدرس مَنٛز پھوٚٹُس

پننۂ نہِ پوٚزایہِ لاگتم پژتھ وِزِ منس مَنٛز باستم

شیوہ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تۂ سنکٹ کاستم۔

# شنکراستوتی

(اَتہِ بھیشنہِ گٹہِ بھیشن یمہِ کنکرپٹہِ ی)

انتہِ سمیس یمہِ کینکر ییلہِ بینکر موکھ ہِنم
دوبہِ سوٕ ستیٚ لایِنم کزٕکہِ چکہِ دِوان پپرٕا دِنم
پاروتی ہیتھ ہی شمبھوٗ تمہِ وِزِ منس منٛز باستم
شیوٕ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تہِ سنکٹ کاستم۔
یژ ضِدی ژنژول یمو ییٚدرے روٗپی دُشمنو
میون مَن ہِنداپہِ ستیٚ کوٚرمُت پریشان دُرزنو
شری اُما ہیتھ اتھ منس منٛز واس کرِوُن باستم
شیوہ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تہِ سنکٹ کاستم۔
باربار یوٚت پِنہِ گرٛھنہِ نِشہِ موکہِ لاون وول ژٕے
دیوتاہن خوش تھوان اسرن مِٹاون وول ژٕے
پاروتی وَرہی دیا ساگر مےٚ درشُن ہاوتم
شیوہ شنکر پاپ ہرتم دوکھ تہِ سنکٹ کاستم۔
ییٚدرازن پیٹھ چھُ شاسن چون ژٕے ژون آشرمن
چھکُھ چلاوان درمیے پیٹھ پِنہِ نِسے اکہِ اکہِ یمن

اُتم اوجا تہٕ شوبہ پڑاکڑمی ڈروپدی پوٗتھر پانٛڈوَے مہارتھی
استر شستر ہتھ ہیٚیہٕ تیرکمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی برٛہمن سرٛیشٹھ چھسو ونان ساںہٕ طرفہٕ تہٕ یم یم چھہٕ پرٛدان
سیناپتی ین ہۄرٛ کرٕو زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اکھ توٗہی پانہٕ بیٚیہٕ بھیشم پتاماہ کرٛپاچاریہٕ کرن اشوتھاما
بوری شروا و کرن مہا بلوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بیٚیہٕ تہٕ کتی چانہٕ باپتھ آئمتی زُوٕچ آش تیاگتھ لڑنہٕ ڈرامتی
قسمہٕ قسمہٕ شستر ہتھ چھہٕ سجان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پانڈو سینا پتی بھیم سین سأنی سینا بھیشم جیس اُدہن
سون فوج زینہٕ آسأنی سان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پنہٕ نہٕ جایہٕ پرٛتھ مورچس پیٹھ تیار بھیشم جیس أندی أندی روٗزِتھ ہُشیار
تسنٛز رکھیا کران از دِلو جان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کورو زُبٹھ پرتأپی پتا ماہ منس دریو دھنس دِوان اُتساہ
شنکھ وایان زن تہٕ سہہ گرٛزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# گوڑنیُچ ادھیاے

## دھرٛتراشٹرٕ وَنان

سنجے یَس دھرٛتراشٹرٕ چھُ پرٛژھان
پۆتھر میأنی تہٕ پانڈو کٔیا چھِ کَران
کرُکھیٚترس منٛز کٔیا چھُ سپَدان
وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

## سنجے وَنان

تمہِ وقتہٕ راژٕ دریۆدھن
مورچہٕ بنٛد پانڈو سینا وُچھان
دژونا چارِیس نِشہِ لاران
وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

چھُس وَنان ہی گوٗر چھِوا وُچھان
مورچہٕ بنٛد پانڈو سینا مہان
درشٹ دِمن شیش چون سبٕتھا بُدِ مان
وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

اتھ سیناہِ منٛز چھِ بۄڈی بلوان
بھیِمس تہٕ ارزن دیُوس سمان
ساتکی وِراٹ راژٕ تہٕ چکتسان
وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

مہارتھی ذروپد تہٕ درشٹ کیتوٗ
سو بھدرا پۆتھر ابِھمینوٗ
کاشی راج کُنتی بوج مہابلوان
وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

## سنجے ونان

شری کرٛشن جین رتھ چلوو آچاریس تہٕ بھیشمس نِشہِ واتہٕ نوو
پێیہِ کورون ہندین سأتھیں سان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن دپون وُچھ ژوپأری بأے بنٛد انگ اَشناو سأری
پننہٕ نُے کوٹمبا چھُ ڈیشان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

غمگین ارزُن سَپُد حأران بنٛد باندو وُچھِتھ گوَ پریشان
شۄکہٕ سان شری کرٛشنس چھُ ونان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

## ارزن دپو ونان

ہی کرٛشن یودِ کر ابھلاشی وُچھان میأنی انگ رؤزِتھ چھِ گرٛھان
اُس چھم ہوکھان تن چھم کأنپان وۄن بھگوانن گیتا گیان ۔

گانڈیو دُنش چھم اَتہِ ویَسران توژہ چھم وزان تھرتھر چھم وۄتھان
اِستادِ رؤزِتھ چھس نہٕ ہبکان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

لکھێن مێے سأری اُلٹہٕ باسان بأے بنٛد مأرِتھ گرٛھیا کلیان
سوکھ تہٕ وِجے چھس نہٕ یژھان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تمہِ پتہٕ ٲکتی شنکھٕ نگارٕ ڈول بجنہِ لگو باجہِ قسمہٕ قسمہٕ وۄتھ ہول
بینکر شبدٕ لرزیو آسمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سفید گُری جۄٗرِتھ رتھ شۄٗبان اتھ شری کرٛشن تہٕ ارزن براجمان
دونہٕ وِیوشنکھ وآے اَتھ درمیان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پنٛچ جنہِ شنکھ ووے شری کرٛشنن دیودک شنکھ ارزن دیون
شنکھ پانٛڈر چھُ بھیم وایان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُدِھشٹر رازن اننتہٕ وِجے شنکھ وآے سارِوے پے درپے
گرٛز وۄتھ کانٛپو زمین آسمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن دیو وَنان

دھرٛتراشٹرٕ پُتٕر فوج مہان وُچھتھ ارزن شری کرٛشنس ونان
رتھ نیٚون دون فوجن درمیان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُدھ یُمی منٛز یم چھِ آمتی دریوٗ دھنس ساتھ دِنہٕ ذراہتی
گس گس ستی یُدھ کرُن شایان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پتہٕ ورنہٕ سأنکر چھِ پأدٕ سپدان   ورنہٕ سأنکر کولس نرکس ژھُنان
پیترن پیٚنڈ تہٕ ترٛپش چھنہٕ واتان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کولہٕ درٕم نشٹ گژھتھ گژھان نرکس   موکہٕ لن پاے چھنہٕ تَس منہٕ شس
پتہٕ وتھ آٔمتی چھِ یلی بوزان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

استر شستر روٗس چھُس بہٕ تیار   دھرٕتراشٹر پوٗتھر ہیتھ چھِ تلوار
أتھ مرنس منٛز بہٕ زانہٕ کلیان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سنجے ونان

شوٗکہٕ ہوٗت ارزُن چھُ پچھتاوان   اَتھِ منٛز ترٛووُن تیر کمان
رتھس پتہٕ کنہٕ بوٗٹھ وۄش تراوان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِہنٛدِ خاطرٕ چھِ أسی راج یژھان  تَم تیار جنٛگس تژأوِتھ ارمان
اَتھس کٮ۪تھ ہٮ۪تھ پٔنٕز زُو تے جان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

گۄرُٛ پِتا ماہ پیٖترٕ بأے بنٛد  مام بُڈی بب پۄترٕ تٕہ درد منٛد
کوٚٹُمبہٕ سوُرے پنٕہٕ نُے خانٛدان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ترٛیلوٗکی ہٕنٛدِ راجہٕ باپتھ  مارکھ نٕہ پرٛتھوی ہٕنٛز چھٕ کوسہٕ کتھ
یۄ دوے مٮ۪یے مارن گو سٮ۪ٹھا جان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دھرٛتراشٹرٕ ہٕنٛدی پۄترٕ سأنی بأے  کٔیا گو یۄ دوے چھِ تَم آتہٕ تأی
آتہٕ تأی مأرِتھ چھُ پاپ کھسان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کٔیا خوشی گژھِ اَسہٕ تَم مأرِتھ  یِم نٕہ پاپ تٕہ پوٗنٛز ہٮ۪کِن زأنِتھ
لۄبہٕ سٕتی برٛشٹھ گٔمٕتی نادان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کولہٕ ناشُک دۄش چھِنہٕ زانان  مِترٕ دْروہ کرُن چھُنہٕ پاپ مانان
اِسہِ پزِ سوٗچُن ناکارٕ جان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سناتن کولہٕ درٕم چھُ نشٹ سپَدان  کولہٕ ناشہٕ سٕتی سٮ۪ٹھا پاپ پھألان
گوڈٕ کولہٕ چِھ ترٛیِہ دۄشِت گژھان  وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یود کرُن یانہ کرُن کیٛا چھُ جان کُس زینہٕ کانٛہہ چھُنہٕ زانان
یِم مأرِتھ چھُس نہٕ زیٖنٛن یژھان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سۄ باو مۄن بُزدِلی ہیٛنہٕ آمُت درمَس مَنٛز موہ پاٛدٕ گومُت
وۄنی کیٛا کرٕ توہہِ چھُس پزٕ ژھان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ژےٚ شرن آمُت چھُس شیٛش چون شِکھشیا دِیُم کیٛا چھُ کرتوٕ یہِ مۄن
کمہِ سادنایہِ سپدِ مۄن کلیان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پرٕتھوی ہُنٛد راج تاج پرٛاوِتھ دیٚو لۄکُک سوامی تہٕ بنِتھ
شوک ژلِہ نہٕ مےٚ چھِم پرٛان ہوکھان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سنجے ونان

سنجے چھُ ونان ہے ارجن یہٕ یود گرٕ نہٕ ۆون ارزن دیٚون
کرٛشن چھُس اَسہٕ وِنہِ موکھٕ ونان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

شری بھگوان ونان

چھُکھ ژٕ یِہنٛدِ باپتھ شوٗکھ گران یِہنٛدی پرٛان گٔمتی یا یِہنٛدی گرٛژھن
پیٛاری پنٛڈتن ہشہٕ کتھٕ گران وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

# دۆیم ادھیاے

## سنجے وَنان

سنجے وَنان ارزنس شۆکہٕ ہٕتس اَشہٕ بٕرتھ ویاکُل نیتر وأٹِس
وننہٕ لۆگ مدٕ سٕدن بھگوان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

## شری بھگوان وَنان

کو وقتہٕ کیٚازِ موہ گۆے ارزن یِرٕھ گتھ شۆبہٕ نہٕ سرٛیشٹھ پورشن
نہٕ سورٕگ دِنہٕ وول نہٕ یش تہٕ مان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہرٛدیچ یہِ کمزۆری مُشراو پنہٕ سُکتا ہر گرٕ مہٕ پڑاو
یوٕدِ خاطرٕ تیار کر پنٕن پان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

## ارزن دپو وَنان

ارزن چھُ وَنان شری کرٛشنس ڈروناچاریس تہٕ بھیشم جِیس
یمن خلاف کتھٕ تلہٕ تیر کمان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

میانہٕ خاطرٕ چھُ یہِ نا ممکن گورٕ جن مأرتھ بوگ بۆگُن
تمہٕ کھوتہٕ بٕچھٕی تھےٚ کھۆن جان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یہِ آتما چھُنہٕ کُنہِ کالہِ زیوان اجماسناتن اَتھ چھِ ونان
شرٟیر مران آتما زنٛدٕ روزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَتھ پأٹھۍ کانٛہہ پلو بدلاوان پژون ترٛاوِتھ تہٕ نو لاگان
تِتھے کٔنۍ آتما چھُ شرٟیر بدلاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آتما ہَس نہ کانٛہہ ہَتھیار ژٹان نہٕ چھُ أگن اَتھ زألِتھ ہیکان
نہٕ پونۍ گالان نہٕ واو ہوکھٕ ناوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ آتما چھُ سدا ہوٗے نِروکار قأیم تہٕ وأیم سارِنٕے سار
یہِ زأنِتھ شوکھ کرُن چھُنہٕ شایان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اگر یہِ آتما زیٚنہٕ مرنہٕ وول چھُ باسان توتہٕ یُس زاوتَس مرُن چھُ آسان
یہِ زأنِتھ تہِ شۄکھ کرُن چھُنہٕ شۄبان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری زہٕ پو زینہٕ بژونٛہہ کھٹِتھ آسان مرنہٕ پتہٕ بیٚیہٕ یِم کھٹنہٕ یِوان
مَنٛزی کُنہِ کالس چھِ تِیٚ باسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کانٛہہ مہاپورُش چھُ آتما زانان تعجبہٕ سان اَتھ وُچھان بیٚیہٕ بوزان
کانٛہہ بوٗزِتھ تہِ اَتھ چھُنہٕ زانان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ترٛٹھ کَتھ چھنہٕ اَسی اَسی نہٕ زانٛہہ ژٕ تہٕ بہٕ یَم راز لۄکھ ہر کانٛہہ
بڑٕ وٹھ کُن تہٕ اَسی آسو تی زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہٕ زیٚو آتما تہٕ چھُ دیہہ پڑاوِتھ لوکہٕ چار یاوُن تہٕ بجُر چھاوِتھ
بیٚیہٕ نو نو شریر چھُ بدلاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سوکھ دوکھ دِنہٕ وأتی یَم ینٛدرے ناشوان نہَ روزن وأتی وِشے
لہذا یَم برداش کرٕنی پیوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس مَنُش سوکھ دوکھ زانہِ سمان وِشے ینٛدرے چھنہٕ وِیاکُل کران
مُکتی لایق سُے چھُ سپَدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اَست چیز چھُنہٕ قائیم روزان مگر سُتک تہِ چھُنہٕ اباو آسان
تتو گیأنی پوٗرُش یہِ چھ زانان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ناشہِ روس چھُ یُس ژٕسے زانُن یُس سأری ہے زگتس وِیاپتھ آسان
آدِ ناشس چھُنہٕ ناش سپَدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آتما چھُنہٕ مران نہَ مارنہٕ یِوان بَس شریر ہے یوٚت ناش سپَدان
یُمی یہِ زون سُے چھُ پزی پأٹھی زانان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یوٗد گران یوٗد مَرکھ سورگ پڑاوکھ زینکھ تہٕ پرتھوی ہُند راج چھاوَکھ
یوٗد کرنَس مَنز چھُ چون کلیان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

جیت ہار سوکھ دوکھ نفع نوقصان یِم سأری چیز زان یکسان
یوٗدٕ خاطرٕ گژھ تیار پاپ مہٕ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یہِ گیانہٕ یوگ وونمے وۄنی کرمہٕ یۄگچ وید باوے
یہِ بۄزِتھ کرمہٕ بنٛدنہٕ موکہٕ لان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ یۄگُک بوٗل چھُنہٕ ناشوان پھل روٗپہ تہِ چھُنہٕ دۄش باسان
چھُ زیٛنہِ مرنکہِ خوفہٕ دوٗر تھاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ یوٗگہٕ دٕرِتھ بوٗد اَکِے آسن مگر ژنٛژل سکاٗمی منشن
تِہنٛز بوٗد واریاہہٕ قسمہ آسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم وِیٛشے بوٗگن ہینٛہٕ چھِ یوان کرمہٕ پھلچ آشا چھِ تھاوان
سورگہٕ کھوتہٕ تھود چھُنہٕ کینٛہہ باسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اَمہِ قسمچہ گتھہٕ یِم چھِ گران ہاوٕ باوٕچ وأنی بولان
سوکھ بوٗگنٕچ ترکیب سوٗنچان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے شرپرن مَنز یہِ آتما
اَمر چھُ یہِ مارنہٕ مَرِ نہٕ زانٛہہ
ٲلۍ غم کرُن ژٕ نے چھُنہٕ شوٗبان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ژٕ نے پٔزی نہٕ زانٛہہ خوفزدٕ سپُدن
کھیتٕرٕ ے درٕم چھُے ژٕ نے پالُن
درمہٕ یوٗدس مَنز چھُ چون کلیان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

پٲنٛی پائے ژٕیۍ یہِ موقہٕ اَتھِ آو
سورگُک دروازٕ مژ نہٕ آو
پارتھ ژٕ چھُکھ سبھٹا باگہِ وان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یہِ درمہٕ یوٗد کرُن اگر نہٕ یژھکھ
مہا پاپُک ژٕ حصہٕ دار بنکھ
سو درٕم پنُن چھُکھ مشراوان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

بدنام گژھکھ لوٗکھ کتھٕ کرِنَے
خوفہٕ ستۍ ژوٗل سٲری ونہٕ نَے
بدناٗمی کھوتہٕ مرنُے جان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یم ژٕ نے چھی از بوٗڈ ویر مانان
تِمے پگاہ ژٕیۍ کمزور زانن
چانہٕ باپتھ چھایہِ شایانِ شان
وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

سم بوز وأٔلی پۆرن گیانۍ وان کرمہٕ پھل تہٕ زنمہٕ بنٛدن تیاگان
تم نرِوکار پرم پد چھِ پژاوان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ییٚلہِ موہ ساگرس تار لبکھ پزٕ لوٕکِکو بۆگ ییٚلہِ تژاوِکھ
تیٚلہِ یوٕگِچ پژاپتی چھِ سپدان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ارزن دپو ونان

ہی کیٚشو ذٕرِڈ بُدِھمان پوٗرُشن وَلیس پژاپت گُمتیٚہن ہنٛدی کیا لکھن
رکتھ وۄتھان بیٚہان تہٕ بولان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

شری بھگوان ونان

بھگوان ونان یُس کامنا تژاوان آتماہس منٛز سنتُشٹھ روزان
ذٕرِڈ بوز وول تٔسی چھِ ونان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دۄکھ پژأوِتھ یُس نہٕ شۆکھ گژھان سۄکھ پژأوِتھ نہٕ خوشی باسان
راگ بےَ کرٛوٗدھ تِمِس نشٹ سپدان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس پوٗرُش سدا بے غرض روٗزِتھ ناکارٕ یا جان چیٖز پژأوِتھ
نہَ چھُ خوش نہَ غمگین سپدان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پتھ پأٹھی یِہُند مَن برمیومُت — وِشے بوگن منٛز چھُ پھومُت
بھگوانس پٹھ یژھ نہٕ روزان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

وپد ہر پرکأری ویاکھیا چھِ گران — تژین گونن ہُندی سادن باوان
بوگنٛ گون تہٕ دۄش ویژھ ناوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ییٚلہِ پژتھ طرفہٕ پونٛی آسہِ پرِپۄرن — چھُنہٕ جوبن ہُند ضرۄرتھ روزان
پژہمہٕ گیأیِن وپدن منٛز تی باسان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

صرف کرم کرنک چھے ادِکار — پھل تمیٚک بۄگن چھے نہٕ تِختیار
نِشکام کرم ژٕ روز گران — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سیدی اسیدی ہُند مہٕ تھاو دیان — یۄگس منٛز ذِرتھ روز کرِم گران
أتھی کژیایہِ سمہٕ تو یۄگ وناو — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سمہٕ تو یوگس منٛز مَن پٔژن لگاو — صرف بود یۄگچہٕ سہایتا پژاَو
پھل چہٕ آشہٕ وول دہِن آسان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سم بوز وول پورُش مۄکھی پژاوان — پاپ پونٛی دونوے یتی تژاوان
کرمہٕ بندنہٕ پان موکہٕ لاوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

انتہٕ کرنن ہٕنز خوشی پڑاۍوِتھ   دوکھٕو نِشہِ دۄر پرٛسن مَن تھاۍوِتھ
پرم آتماہَس چھُ لبِن سپدان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پورُش نہٕ مَن تہٕ یِنٛدرِے زینان   سُہ بوز روٗس تہٕ باو ناہِن آسان
تٔمس چھنہٕ شاۍنتی تہٕ سوکھ میلان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پانہِ مَنٛز ناو یِتھٕ واو نِوان   ویشین مَنٛز یِنٛدرِے ڈولان
یِنٛدرِے منس تہٕ بوز چھِ ہران   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِتھے پاۍٹھۍ بوزہے مہا باہوٗ   یِنٛدرِے تہٕ وِشے یُمۍ کٔری قوبوٗ
تٔمۍ سٕنٛز بود چھےٚ قاۍیم روزان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کولن ہُنٛد پونٛی پرٛتھ طرفہٕ یِوان   شانت باوٕ ساگرس مَنٛز وِیپان
ویگنہٕ روٗس بوگ یوگس مَنٛز شرٛپان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سارِنۍ زیٖون یوسہٕ راتھ باسان   اَتھۍ راۍژ یوٗگی ہُشیار آسان
ناشوان سوکھ یرٛھن واۍلۍ شوٗنگان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پورُش ساۍری کامنا تیاۍگِتھ   لوٗب موہ تہٕ اہنٛکار ترٛاۍوِتھ
سُے پرم سوکھ تہٕ شاۍنتی پرٛاوان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کچھو یتھ پأٹھی انگ چھُ وٹان ذرڑ پوٗرُش ویشین وش گران
یینڈرِین ویشیو نِشہِ ہٹاوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یندرِین ہندی وِشے بوگن وألی تم خأہیشو نِشہِ آسان خألی
بوز وان پوٗرُش تٔمی سےٚ چھِ ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یندرِین ہندی وِشے سبٹھا بلوان بوزوان پوٗرُشن تہٕ مَن موہان
ناجأیز کامہٕ ستی ژھلہٕ راوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سادک یندرِین وش چھُ گران ایکاگر منہٕ میوٚن دیان داران
ستھِر بوز وول تٔمی سےٚ چھِ ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ویشین ہُونڈ چنتِن یُس چھُ گران منس مَنز کامنایہِ پأدٕ سپدان
پوٗرٕ نہٕ گژھنہٕ تس کرۄد ووتلان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

کرۄد ستی موٗڑ باو گژھان وُتپن موٗڑٕ باوٕ سمُرتی بژمراون
بژمہٕ ستی گیانہٕ شکتی راوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یمی راگہٕ وِیشہٕ دوٗر تھوِ یندرے بییہٕ ویشین پیٹھ پژاوِ وجے
انتہٕ کرن تَس پژ سن روزان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

انتہٕ کرنن ہئز خوشی پرٛاوِتھ دوکھو نِشہِ دۄر پرٛسن مَن تھاوِتھ
پرم آتماہَس چھُ لِین سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس پورُش نہٕ مَن تہٕ یندرے زینان سُہ بوز رۄس تہٕ باو ناہِن آسان
تمس چھنہٕ شانٛتی تہٕ سوکھ میلان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پانہٕ منٛز ناو ییتھ واو نِوان ویشین منٛز یندرے ڈولان
یندرے منس تہٕ بوز چھِ ہران وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یتھے پاٹھی بوزہے مہا باہوٗ یندرے تہٕ وِشے یمہٕ کری قوبوٗ
تمٕی سٕنٛز بود چھےٚ قایم روزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کولن ہُنٛد پونۍ پرٛتھ طرفہٕ یِوان شانت باوٕ ساگرس منٛز ویپان
ویکنہٕ رۄس بوگ یوگس منٛز شرٛپان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے زیٖون یوسہٕ راتھ باسان اَتھی راتھ یوٗگی ہُشیار آسان
ناشوان سوکھ یژھن وأکی شونٛگان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس پورُش سأری کامنا تیاگِتھ لۄب موہ تہٕ اہنٛکار ترٛاوِتھ
سُے پرم سوکھ تہٕ شانٛتی پرٛاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کچھو ییتھٕ پأٹھی انگ چھُ وٹان ذرڈ پوٗرُش ویشین وش گَران
ییٚنڈرِین ویشیو نِشہِ ہٹاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ییٚنڈرِین ہٕنڈی وِشے بوگن وأری تَم خأہیشو نِشہِ آسان خأری
بوز وان پوٗرُش تٔمۍ سٕے چھِ ونان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ییٚنڈرِین ہٕنڈی وِشے سبٹھا بلوان بوزوان پوٗرُشن تہٕ مَن موہان
ناجأیز کامہِ سٟتۍ ژھلہٕ راوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سادک ییٚنڈرِین وش چھُ گَران ایکاگر منہٕ میۆن دیان داران
ستھٕر بوز وول تٔمۍ سٕے چھِ ونان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ویشین ہُونٛد چنتِن یُس چھُ گَران منس مَنٛز کامنایہِ پأدٕ سپدان
پۆرٕ نہٕ گژھنہٕ تس کرۄد ووتلان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کرۄد سٟتۍ مۄڑٕ باو گژھان وُتپن مۄڑٕ باوٕ سمُرتی بژمراون
بژمہٕ سٟتۍ گیانہٕ شکھتی راوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُمۍ راگہٕ وِیشہٕ دۄر تھٔوِ ییٚنڈرے بٛییہٕ ویشین پپٹھ پژاوِ وجے
انتہٕ کرن تَس پژ سن روزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# تریم ادھیاے

## ارزن دپو ونان

ارزن ونان ہی مدٕ ہِدن     کرمہٕ کھوتہٕ گیان ییٚلہِ سریشٹھ آسان
بھینکر کرمن کوٕ چھُکھ مےٚ لاگان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بۄزِتھ یہِ رَلہِ مِلہٕ وأنی چأنٛ     مۄہت زن تہٕ گرٛھان بود میأنٛ
رِکمہِ کَتھِ ہتیٚ سپدِ موٚن کلیان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان دۆ یہ قسمہٕ چھےٚ سادنا     سانکھِ یوگ تہٕ گیانہِ یوٚچ نِشٹھا
یہ نِشٹھا چھِ کرمہٕ یوگہٕ ہتیٚ بنان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

منُش کرم نہَ کرنہٕ ہتیٚ زانٛہہ     پأدِ گرٛھ نہٕ گیانہِ یوٚچ نِشٹھا
نہ کرم کرنہٕ سیٚدی پڑاوان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بلا شک کانٛہہ منُش کُنہِ تہِ وِزِ ما     کرم کرنہٕ رۆس زانٛہہ روزان چھا
پڑکرٛتہٕ گونو وش چھُ کرم کران     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن پوٗرُش برٛہمس پڑاوان      یۄگی پڑأوِتھ تہِ مُوہت نہٕ سپدان
سُہ پرم آننٛدس چھُ پڑاپتھ سپدان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔



یگنٕہ پتہٕ بچوٗمت اَن یم کھن      مُکت سپدن پاپہٕ نِشہٕ موکہٕ لن
پانٕسے کنٛتھ رنن وألی پاپ کھوان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری زیٛو اَنہٕ ستی گژھان ووتپن      ورشا پینہٕ ستی چھُ اَن ووپدان
ورشا یگنٕہ کرنہٕ ستی پیوان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٕہ کرمو ستی گژھان ووتپن      کرم سأری وید منٛز نیران
وید وَین پأدٕ گرِی ہتی زان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس منُش پرم پرا مشراوان      کرتو پنُن چھُنہٕ ورتاوان
سُہ پنٕنی زندگی چھُ ضایہٕ گران      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آتماہس منٛز یُس مگن روزان      آتما ستی سنتُشٹھ آسان
تمُس کانٛہہ کرتو چھُنہٕ روزان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

جنک آدی گیأنیو آسکتی ترٛأو      کرم گری تھے پرم سیدی پژأو
ارزن نِشکام کرم ٹھیکھ زان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سرٛیشٹھ پورُش چھُ یُس کرم گران      باقی تتھُے وتہٕ پتھ پکان
بۆزوان پورُش تی ورتاوان      وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مۆرکھ ہٹھ کرِتھ یندرین روکان     منس مَنز ویشین سوران روزان
پاکھنڈی تہٕ مکار تُمی چھے ونان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یم سارِنے یندرین     پزٕ منہٕ ستی وش کرِتھ تھاون
کرمہٕ یوگچ وَتہِ تِمن لگان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ شاستر ویزکرتویہٕ کرم کر     نہٕ کرنہٕ کھوتہٕ کرنے چھُ بہتر
کرمہٕ روس شرپر نِرواہ نہٕ سپدان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٕی باپتھ کرم کرنہٕ روس زان     مَنُش بنیہٕ کرمو گنڈٕ نہٕ آو
یگنٕی پۆژھی کرم ژٕ روز گران     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

برِہما جین یگنہٕ ستی پرٛزا وۄپدآو     ہُریر یگنٕس کرُن تِمن ذِمہٕ تھآو
مَن یژھا پھل وۄتُن آسہِ میلان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٕی ستی وَر دِتُن دیوتاہن     تِم کرن تہنٕز کامنا پورن
توہی لۄکھ پرٛآوِو پرم کلیان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٕی ستی ترٛپتھ گرِہتھ دیوتا زن     یژھ تھے سأری بۄگ بوگن
دِنہٕ روس یِنہٕ وول چھُ ژۄر آسان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پڑکرتی گوٚنن مَنز گٔمتی موٗہتھ	کم عقل زانن نہٕ اصلیتھ
زانن وول یِمن کرِ نہٕ پریشان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ انتر یأمی وأپیس دِتھ مَن	سمپوٗرن کرم کوٚر مےٚ ارپن
یود کرِ ترٛأوِتھ آش اَرمان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس مَنُش نکتہٕ چھینی ترٛأوِتھ	شرٛدایہِ سان مَت موٚن زأنِتھ
سارِوٕے کرمو نِشہِ چھُ موکہٕ لان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم مَنُش میأنی عجیب جوی گران	میأنہِ مَتہٕ موٗجب یِم نہٕ چلان
تِم گیانہٕ سریشٹھ تہٕ نِشٹ سپدان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری زیو پڑکرتی چھِ پڑاپت سپدان	پنہٕ نہٕ سوباوٕ وش کرم گران
گیأنی تہٕ پڑکرژ انوسار یژھان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِنْدرِین ہٕنْتی راگ دُویش آسُن	مۄنشہِ ہٕنْدی یِم دوشوٕے دشمن
کلیانچہِ وتہِ یِم وِگن ترٛاوان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بیٚیہِ ہٕنْدِ اعلیٰ درمہٕ نِشہِ کم	گونہٕ روس پنُن درٕم چھُ وُتم
پنہٕ نِس درمس پیٹھ مَرُن جان	وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تژین لۆکن منز میے ہی ارزن
نہٕ کاثھہ کرتوتہٕ نہٕ کنٛبک بنٛدن
توتہٕ کرمن منز بہٕ ورتاوان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پارتھ امہِ کنِ چھس بہٕ ساوِدان
کرم نَے بہٕ کرٕ واتہِ نوقصان
تِلیاز لۆکھ چھِ میأنی وتھ گاران
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَمی باپتھ چھس بہٕ کرم کَران
یُتھ نہٕ سأری منٛش نشٹ سپدن
امیک کارن چھس نہٕ بُنن یژھان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پننہٕ نہٕ غرضہٕ خاطرٕ اگیأنی جن
ییٚمہٕ پرٛکأری تم چھِ کرم کَرن
لۆکن کنٛتھ کرن بے غرض ویدوان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

گیأنی شاسترٕ ویز کرم کَران
اَگیانِن تہٕند کرم چھِ ڈالان
تمن چھِ پننہٕ نہٕ وتہٕ پکہٕ ناوان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پرٛکرتی گونو چھ یم کرم سپدان
اَگیأنی اہنٛکارٕ ستیٚ زانان
سُہ ونان سُورے بہٕ چھس کَران
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

گونہٕ وِباگ نہٕ کرمہٕ وِباگ یم زانان
گون پانے گونن منز ورتاوان
گیانہٕ وان بہٕ زأنتھ ہینہٕ یِوان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بہٕ اوِنٲشی اجما تہٕ امر   سارِنٕے زٕیون ہُنٛد اپشور
یوٗگہٕ مایایہِ چھُس پرٛکٹ سپدان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ییٚلہِ ییٚلہِ درٕچ ہٲنی گژھان   ادرٕچ یژٕ زیادِتی سپدان
تیٚلہِ بہٕ ساکارٕ روٗپہٕ زنم داران   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

سادھوٗ پورُشن اُدار تہٕ پاپن ناش   بێیہٕ پرٛزلاوُنہٕ درمُک گاش
یوٗگہٕ یوٗگہٕ چھُس اوتار داران   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

میٚانہِ زٕنٛج تہٕ کرٕمٕچ حقیقت   یُس پورُش اَچ زانہِ اَصلِیت
سُہ شریٖر تیٲگتھ نہٕ زنم داران   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یَم راگ بَے تہٕ کرٛوٗد ترٛاوِتھ   پریمہِ سان مےٚ پیٹھ پرٛتھ تھاوِتھ
گیانہٕ روٗپہٕ مےٚ پرٛاپت سپدان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس بٔکتھی مےٚ یمہِ پرٛکارٕ بجان   تمہِ پرٛکارٕ بہٕ تٔمی سُنٛد دیان تھاوان
مَنُش ہر طریقہٕ میٲنی وَتھ گاران   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یَم منشہٕ لوٗکہٕ کرمہٕ پھل چھِ یژھان   تِم لوٗکھ دیوتاہن چھِ پوٗزان
تِمن چھےٚ کرمن سیدی جلدٕ میلان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

# ژۆرِم ادھیاے

## شری بھگوان وَنان

یہِ اَوِناشی یوٗگ ووٗن مےٚ سرِیس تٔمۍ پنٕہ نِس پوٗترس منوٗجیٚس
منوٗ راژ اکشو چھُ باوان ووٗن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یہِ پرم پرایہ سان آو چلان راژ ریشن تہٕ گیہِ سارِنےٚ زان
پرٛتھوی لۆکہٕ مَنٛز چھِ غآب سپدان ووٗن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ژٕ میون ٹوٹھ چھُکھ توٚے ووٚنمےٚ نَتہٕ یہِ گُپت تھاوُن لایق وِشےٚ
یہِ سبٹھا اُتم تہٕ رہسہِ مےٚ گیان ووٗن بھگوانن گیٖتا گیان۔

## ارزن دپو وَنان

ارزن چھُس وَنان بِہر یہِ چھُ پرٛزون حال حالےٚ زنم سپُد مُت چون
توٚہہِ کِتھٕ پآٹھی سرِیس ووٗنوٕ گیان ووٗن بھگوانن گیٖتا گیان۔

## شری بھگوان وَنان

بھگوان وَنان ژےٚ چھےٚ نہٕ پتا ژےٚ تہٕ مےٚ زنم دآری واریاہ
ژٕ چھُکھ انزان بہٕ چھُس زانان ووٗن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کامنایہِ روٗس یُس کرم کَران گیانہٕ روٗپہٕ أگنس مَنز چھُ دزان
ژٕمی سےٚ پنٛڈت تہٕ گیأنی ونان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس ساأری کرم تہٕ کرمہٕ پھل تیأگتھ سمسارُک موہ تہٕ آشا ترٛأوِتھ
سُہ سورُے کرِتھ تہِ چھُنہٕ کینٛہہ کَران وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

انتہٕ کرن تہٕ شرٛیر زأنِتھ بۄگ بوٗگنٕ کامنا تیأگتھ
شرٛیر برٛاہ کرم چھُنہٕ پاپ پرٛاوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یژھنہٕ روٗس یَس یِہ پانے میلان چھُ تتھ مَنز سدا سنتُشٹھ روزان
دِ‍ےٚ تہٕ حسد کاٗنسہِ ہُنٛد چھُنہٕ تھاوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس خوشی تہٕ غمہٕ نِشہِ دۄر روزان اسیدی تہٕ سیدی زانان یکسان
کرمہٕ بنٛدنہٕ چھُ سُہ مُکت سپدان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

مۄہ مَمتایہٕ دہیہ ابمان ترٛأوِتھ برٛہمہٕ گیأنس مَنز مَن دٕرِتھ أسِتھ
یگیٛنہٕ لۄژِ ساأری کرم کَران وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یگیٛنچ ساگری برٛہم آسان ہون کرنُک دَن تہٕ برٛہم زان
برٛہم کرتا برٛہمے اگن پرٛزلان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

برہمن کھیٚترے ویش شوٗدر ژور ورن یِہنٛدی گوٗن تہٕ کرم بےٚ رچان
پھلیچ
یہِ سُورِے کرمہٕ پٕچ یژھا آسان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

پھلیچ
نہٕ مےٚ کرمہٕ پٕچ یژھا آسان نہٕ چھُس کرمن مَنٛز ہینہٕ یِوان
یُس یہِ زانہِ کرمہٕ بنٛدنہٕ موکلان ووٚن بھگوانن گیتا گیا ن۔

پتھ کالہٕ یِم مُکتی آسی یژھان تِم یِمٕی پرکأری آسی کرم کَران
بُزرگو یہِ کوٚر تی روز گران ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرم تہٕ اکرم کتھ چھِ ونان امیُک نرِنے کرُن چھُنہٕ آسان
یہِ سوچان موٗہتھ گیہِ بوزوان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ کرٕچ حقیقت سمجأوِتھ جان پأٹھی یُتھ ژٕ ہیکِکھ زأنِتھ
کرمہٕ بنٛدنہٕ موکہٕ لاوکھ پان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمن تہٕ اکرمن ہُنٛد روٗپ زانُن وِکرمن ہُنٛد سروٗپ تہِ گژھِ سمُجھن
کرمن ہٕنٛز گتی گمبیٖر آسان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمن تہٕ اکرمن یُس چھُ ڈیٖشان اکرمن مَنٛز کرم یِمِس باسان
سُے پوٗرُش چھُ یوٗگی تہٕ کرمہٕ وان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٕ پتہٕ بچوٗمت اَمرت اَن    بۄزن گرن والی یۆگی جن
سناتن برٛہمس چھِ پرٛاپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم لۄکھ نہٕ زانہہ یگنٕ کران    منشہٕ لۄکہٕ سوکھ کتیٚ پرٛاوان
پرٕ لۄکھِ تہٕ چھِ تِم راوٕ راوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

وید کتیٚ پرٛکاری یگنٕس وکھنان    منہٕ یندریہٕ تہٕ شریرہ کرنہٕ یوان
یہٕ زانِن وٲلی کرمہٕ بندنہٕ موکہٕ لان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی ارزن دَن یگنٕ کھوتہٕ زان    گیانہٕ یگنٕ سرٕو یشٹھ آسان
سٲری کرم گیانس منٛز سماپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تتٕودرشی گیانین کر سمان    تہنٛز سیوا کرِتھ سپدی زان
اُپدیش ونے کیا چھُ تتٕو گیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تمہٕ گیانہٕ موہ نشہِ مُکت سپدکھ    سٲری زیو پانس منٛز وُچھکھ
پَتہٕ مےٚ برہمس منٛز وُچھکھ سمان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پٲپِیو کھوتہٕ تہِ پٲپی آسِتھ    گیانہٕ روٗپہٕ ناوِ سوار سپدِتھ
پاپہٕ ساگرٕ منٛز چھِ تار لبان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آہوتی رۄپ کرٕیا تہٕ برہم زان
بڑہمہٕ کرمس منٛز دٕرِتھ روزان
پڑاپت سیدُن پھل تہٕ بڑم زان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیٛنژھہ یگنہٕ رۄپہٕ دیوتا پۄزان
کیٛنژھہ یۄگی بڑہمہٕ رۄپہٕ اگنس ہُمان
آتمہٕ رۄپہٕ یگنُک ہون گران
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیٛنژھہ ینٛدرے سیَم رۄپہٕ اگن زالان
دُویم یۄگی شبدآدی وشین سان
ینٛدرے رۄپی اگنس ہُمان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیٛنژھہ یۄگی ینٛدرین ہنٛدین کرمن
پٔیہٕ پرانن ہنٛزن کرِیاین
پرگاش مان پڑہمہٕ رۄپ اگنس ہُمان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیٛنژھہ دَن تہٕ تپ زپ یگنٕ گران
کیٛنژھہ سخ اہنسا وٕرت درران
کیٛنژھہ ست سنگ تہٕ گیانہٕ یگنس گران
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیٛنژھہ پران اپان وایُٔ دوشہٕ وَے
یۄگی اکھ أرکس منٛز گران لے
کیٛنژھہ پران پڑانن منٛز ہُمان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پڑانایام گران وألی یۄگی جن
پڑان اَپان شہن ہنٛز گتی روکن
یگنٕ ستی پاپن ناش گران
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# پنژوم ادھیاے

## ارزن دپو ونان

کرمہٕ سنیاس چھو سریشٹھ مانان  کرمہٕ یوٗگکو تہٕ تعریف گران
دویو منٛز کمہِ ستیٚ گژھ مےٚ کلیان  ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان کرمہٕ یوٗگ تہٕ سنیاس  کلیان کاری دونہٕ وے فرق چھنہٕ خاص
کرم یوٗگ سادنا کنٛز کرم چھِ آسان  ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس نہٕ کانٛسہِ ہیٛژِ دے نہٕ چھِ کامنا  سُہ کرمہٕ یوٗگی چھُ سنیاسی سدا
سُہ راگہٕ لیپشہٕ بنٛدنہٕ مُکت آسان  ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

گیانی سنیاس تہٕ کرم ہیوٗ مانان  موٗرکھ پھل امیک بوٚن بوٚن زانان
اکی منٛز دوٚن ہُنٛد پھل چھُ پژاوان  ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

گیانہٕ یوٗگہٕ یُس پرم دام میلان  کرمہٕ یوٗگہٕ ستیٚ تہٕ سے پژاپت سپدان
پھل ہیوٗی زانہِ یُس چھُ ٹھیک زانان  ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

تِتھے پأٹھی بوز ہے ارُزان    چھُ دزٕوُن نار زِ نِس بسم کران
گیأنہٕ أگن سأری کرم زالان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

زگتس منٛز گیأنس ہیوٚنہٕ بے شک    پوٕتر گران وول کینٛہہ نہٕ وُچھکھ
مٔنٛش یہِ گیان کرمہٕ یوگہٕ پرٛاوان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

شرٛواوان جتنٕدرے وُچھان وُچھان    سادھنا گٔرِتھ جل گیان پرٛاوان
بھگت روٗپ شأنتی پرٛاپت سپدان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ یوٗگہٕ یُس سارِنے کرمن    شک ترٛأوِتھ کرِ ویشنارپن
سُہ پوٗرُش کرمہٕ بنٛدنہٕ موکہٕ لان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

اگیأنی شرٛدایہِ روٚس شکی اِنسان    چھِ پرمارتھ نِشہِ ضوٚروٗری گرِان
سُویمہٕ لوٗکہٕ نہٕ پرٕ لوٗکہٕ سوکھ پرٛاوان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن مٔنس منٛزمہٕ سمشے تھاو    گیانہٕ تلوارِ ستی یہِ ژٕٹتھ ترٛاو
گڑھ تیار یود کر ترٛاو اگیأن    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

بھگوان نہٕ مَنش کرم کرٕناوان     نہٕ کرمہٕ پھلی بأگراوان
یہٕ سو باوٕ ءستی سورٕے سپدان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سرٕو ویأپی برٛہم چھُنہٕ پژاوان     کأنٛسہِ ہُنٛد پاپ کرم پۆنیہِ وان
گیأنس چھُ اگیأنک پردٕ کھٹان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پرماتما سُنٛد تتھ گیان زأنِتھ     اگیانچہِ گٹہٕ نشٹ سپدِتھ
سُہ گیان سرِیہ زن دٕیس پرٛزلان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یِہنٛد مَن بوٗد دٕیس لَے سپدِتھ     لگاتار سم باوٕ روٗز دٕرِتھ
گیانہٕ ءستی چھُ پرم گتی پژاوان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

چنٛڈال آسہِ یا برٛہمن ویدوان     گاو ہأستِس تہٕ ہۆنس ہُوٕے زانان
گیانہٕ وان سم درشٹی آسان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُہنٛد مَن سم باوٕ دٕرِتھ آسان     تِم زنٛدٕے سورٕے سمسار زینان
چھُ پرٛم برٛہمس منٛز دٕرِتھ روزان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ٹوٗٹھ چیز پرأوِتھ نہٕ خوش آسان     اٹوٗٹھ پرأوِتھ غمگین نہٕ سپدان
تِم بوزوان سم باوٕ دٕرِتھ روزان     وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کرمہٕ یوٗگہٕ بغاٲر سپُدن حاصِل     کرم کرُنک تیاگہٕ باو سبٹھا مُشکِل
کرمہٕ یوٗگی برہمس چھُ جل پراوان     ووٚن بھگوانن گیتا گیانَ۔

یَس جتنٛدرس چھِ شُدھ انتہٕ کرن     سٲری زیوپنُن آتم روٗپ باسان
سُہ کرمہٕ یوٗگی چھُنہٕ لِپت سپدان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

زانن وول یوٗگی وُچھان بوزان     شاہ ہیوان ووتھان بیہان پھیران
یتھٕ پاٹھی پمپوش وٕتھر پانہٕ چھُنہٕ اُدران     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ یوٗگی مُوہ ممتا تیاگِتھ     ینٛدریو سان شریرُک لگاو ترٛاوِتھ
شُدی پراونہٕ خاطرٕ کرم گران     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ یوٗگی کرمہٕ پھل تیاگان     بگوت روٗپ شانتی پراپت سپدان
سکام مَنُش پھل یژھایہٕ ولنہٕ یوان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یمِس انتہٕ کرن وش آسن     سُہ سانکھیہ یوٗگُک ابیاس گران
نَہ گرن پانہٕ کینٛہہ نَہ کرناوان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

سُہ منہٕ ستی سٲری کرم تیاگِتھ     نو دوار وول شریر روٗپ گرٕ پراوِتھ
آنند سان برہمس منٛز رِتھ روزان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

نیٚترن ہٕنٛز درٛشٹی تِمن درمیان   پرٛان اپان وایُو سم تھاوان
یژھا بے کرٕو د نِشہٕ موٕکلہِ آسان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

بٔھکتی یگٕنٛز تپ بوکھتا مےٚ زان   سارِنٕے ہُنٛد اپشرمےٚ مان
زٕپو زأژ ہُنٛد میتھٕر تہٕ دیاوان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔



سمسأرک ویشین مَنز یَم نہٕ بوڈان
آتماہس منز ڈرِتھ دیان واران
بٔرہمہٕ رۄپ پرم آنند چھِ پڑاوان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

وِشے بۆگ یَمن سوکھ چھُ باسان
یِمنٔے دوٗکھکی کارن چھِ آسان
بوزوان پورُش یَمن منز نہٕ یھسان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُمہ شریرکہ ناشہ برٛونہہ آسہِ زورمُت
کام کرۄدجوش ٹھنڈ کۄرمُت
سُہ یۆگی پورُش چھُ سُکھی آسان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

انتر آتماہس منز سُکھی روزان
آتماہس منز بسان گیانہٕ وان
سُہ یۆگی شانت پرم پدپڑاوان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَمن سأری پاپ تہٕ سمشے مُٹھی ہٕتی
سارِنے زیون ہُند رُت کانٛچھ ہٕتی
یِہند مَن برٛہماس منز ڈرِتھ روزان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن وش کرِتھ کام کرۄد تیاگتھ
پرماتماہس ساکھیات رۄزِتھ
ژھوپور ویاپت پرم برٛہمس ڈیشان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

نیٚبر یَمن وِشے بۆگ نہٕ سوران
نیٚبرَے تِمن چھُ ترٛاوِتھ ژھُنان
یِندرے مَن تہٕ بودتھے زینان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس یٚندرے مَن ہیٚتھ شرٛپر زیٚنان        سُہ زِہو آتما پٔنُن میٚتھر آسان
یُٛی نہٕ وش کری سُہ پٔنُن شتُر آسان        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سرٛد گرم سوکھ دوکھ مان اپمان        ہیوٗ زانِتھ انتہٕ کرن شانت آسان
تِمِس برہمس روٗس نہٕ کینٛہہ باسان        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس انتہٕ کرن گیان وِگیان دأرِتھ        وِکارٕ روٗس سارے یٚندرے زیٚنتھ
سُہ یوٗگی سون تہٕ میٚژ ہیوٗی زانان        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ہمدرد حأسِد دوست دُشمن        پنُنہٕ نٔبن وۄپرن درمیٚن پأژین
ہیوٗے زانن وألی سریشٹھ آسان        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

مَن یٚندریو سان شرٛپر زیٚنتھ        یوٗگی کُنِۓ ایکانت جایہِ روٗزِتھ
لگاتار دیہِ سُنٛد دیان داران        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

شرٛوژِ جایہِ دربہٕ گاسہٕ ترٛأوِتھ        مرٛگہ چھالا پٮ۪ٹھ وستر وہرأوِتھ
نہٕ زیادٕ تھوٚد نہٕ بۄن کم آسان        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

وش یٚندرِیو آسنس پیٚٹھ بیہتھ        مَن پٔنُن ایکاگر تھأوِتھ
شُدی خأطرٕ یوٗگ ابیاس کران        وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

# شێیم ادھیاے

## شری بھگوان وَنان

شری کرٛشن ارزن دپوس وَنان  پھل یژھنے چھُ یُس کرم کران
تسٕی چھِ یۆگی تہٕ سنیاسی وَنان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَگن تیاگِتھ بَنہٕ نہٕ سنیاسی  نہٕ کریا کرنہٕ رۆس کرمہٕ یۆگی
سنکلپ تراوِتھ چھُ یۆگی بَنان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس پوٗرُش یۆگہٕ پراپتی چھُ یژھان  نِشکام کرم اَمیک ہیتو آسان
سنکلپو رۆس سپدِ کلیان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس ینٛدرین ہنٛدی بۆگ تیاگان  کرمَن ہُنٛد سنکلپ تژاوان
تَس پوٗرشس یۆگ آروڈ وَنان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پانہٕ سنسار ساگر تار لبان  پنٕن پان نرکس منٛز نہٕ تژاوان
مَنُش پنٕن میٛتھر تہٕ پانے شُتر آسان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یۆگہٕ ابیاسہٕ وِش کۆرمُت مَن    یَتھ اوستھایہِ مَنٛز محو سپدان
برٛہمس مَنٛز سنٛتُشٹ روزان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

نِرول بوزٕ پرم آننٛد پڑاوان    یَتھِ اوستھایہِ مَنٛز انوبوَ گَران
برٛہمہ رۄپس مَنٛز دٕرِتھ روزان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پرمہٕ برٛہم پراوُن بۆڈ لاب زان    اَمہِ تھۆد بێیہِ کیٛنٛہہ چھُنہٕ زانان
کُنہِ تہِ دوکھٕ چھُنہٕ سپدان پریشان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دوکھٕ رۄپی سمسارکہِ سنیوگہٕ رۆس    أتھی وُنان یۆگ سُے زانان یُس
کرتویہِ مأنِتھ گران اُتساہ سان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ساری سنٛکلپ تہٕ کامنایہِ تیأگِتھ    سارے ینٛدرِے پرٛتھ طرفہٕ رۄکِتھ
ٹھیک پأٹھی روزٕ ابیاس گَران    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

وارٕ وارٕ کرٕ ابیاس ہیمتھ تھاو    صبرٕ سان برٛہمس مَنٛز مَن دٕرراو
دلیس رۆس نہٕ کانٛسہِ روزسران    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یہِ ڈنٛجہِ نہٕ روزن وول ژنٛژل مَن    ویشو پوٛژھی سمسارس پھیران
اورٕ یورٕ روٗکن کر ایشور دیان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

جسم کلہٕ گردن ہیۆو تھاوِتھ نظرنستہٕ پنہٕ نہٕ پٹھ جماوِتھ
اور یور کُنہِ طرفس نہٕ وُچھان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

برٛہمہٕ چریہِ ورٕتس ڈٕرِتھ رٔزِتھ نرِبے شانت انتہہ کرن تھاوِتھ
مَن روکتھِ مےٚون دیان دٲرن وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن وش کٔرِتھ یوٗگی لگاتار سوران برٛہمہٕ سروٗپک آکار
پرم آنند رٔپہٕ شانتی پرٛاوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

نہٕ یژ زیادٕ نہٕ بلکل کم کھنہٕ وٲلی سدا ہوشیار نہٕ زیادٕ شوٗنگن وٲلی
یمے یوٗگی سیدی چھِ پرٛاوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِہُند آہار وِہار سۆم آسان کرم کَران شوٗنگان وتھان ہِشرٕ سان
دوکھ ناش کرٕ وُن یوٗگ پھاپھلِان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

وش کرِمتہٕ منہٕ کامنایہِ رۆس جان پأٹھی برٛہمَس مَنٛز ڈٕرِتھ یُس
یوٗگ نہٕ بوگن وٲلس ونان یوٗگ وان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھٕ کِنٛز واو رۆس جایہِ ژونگ پرٛلان ژأنگو ریہہ چھنہٕ اورٕ یور ڈلان
یوٗگی سُنٛد مَن تِتھے شانت آسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## ارزن دپو ونان

ارزن ونان ہی مدھو سدن یُس یؤگ سم باوِ ہتی کوٚرو ورنن
ژنژل منہٕ کنٕز درُن چھُم نہٕ باسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہٕ مَن میون ژنژل سوباوِ وول واو موچھِ مَنز رٹُن چھُنہٕ مخول
چھُ سبٹھا دوٚر تہٕ بلوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

کرشن جی ونان ہے مہا باہوٗ بے شک کٹھِن مَن کرُن قابوٗ
یہٕ وأراگہٕ نہٕ اَبیاسہ وش چھُ سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یمِس نہٕ مَن پٹُن وش آسان سُہ پورُش چھُنہٕ زانِہہ یؤگ پرٛاوان
یہٕ سادنایہٕ ہتی حاصِل چھُ سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

## ارزن دپو ونان

کرشن یُس یؤگچ شردا تھاوان مگر اتھ پیٹھ چھُنہٕ ڈِرتھ ہیکان
انتہٕ سمیس چھُ اَمی یؤگہٕ ڈلان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یؤگہٕ اَبیاس کرِتھ نہٕ سیدی پرٛاوان نہٕ یؤگت سرٛوپس پرٛاپت سپدان
آخر سُہ کوسہٕ گتی چھُ پرٛاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پہٕنٛدۍ مَن پاپہٕ رۄس تہٕ شانت آسن  رجوگن گومُت سماپت آسن
سُہ یۄگی برٛہم آنٛنٛد پرٛاوان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پاپہٕ رۄس یۄگی چھُ لگاتار  پرم آتمہٕ سرۄپُک گَران ویژار
پرم برٛہمس چھُ پرٛاپت سپدان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سم باوِ دٕرِتھ آتمہٕ وول یوگہٕ وان  سارِنٕے بوتن مَنٛز آتماہس وُچھان
سأری زیٖو آتماہس مَنٛز ڈیٖنٛشان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آتمہٕ رۄپہٕ مےٚ واسہٕ دیٖوس ڈیٖنٛشان  زیٖو مےٚ مَنٛز سارِنٕے مَنٛز مےٚ وُچھان
سُہ مےٚ نِشہِ دۄرنہٕ نَہ بہٕ تَس دۄر روزان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس پورُش سم باوِ دٕرِتھ أسِتھ  سارِنٕے مَنٛز مےٚ برٛہمہٕ رۄپ زأنِتھ
مےٚ واسہٕ دیٖوس سُہ چھُ پۄزان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سأری زیٖو پَنٕنۍ ٹاٹھۍ زانان  سارِنٕے ہٕنٛدۍ دوکھ تہٕ سوکھ ہوی مانان
سُہ یۄگی پرم سریشٹھ مانٕنہٕ یِوان  وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یتنہٕ ستیٚ ابیاسہٕ وِول یوٗگی زنمن ہٕنٛدِ سنسکار ستیٚ
پاپوٗ موکہٕ لِتھ پرم گتی پڑاوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یوٗگی تپہٕ سیو کھوتہٕ سریشٹھ آسان شاستر گیانیو کھوتہٕ یڑجان
ارزن ژٕ چھُکھ یوٗگی تہٕ گیانہٕ وان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے یوٗگین مَنٛز شردا وان یُس پَزٕ منہٕ میون داران دیان
سُہ یوٗگی چھُس بہٕ زیادٕ سریشٹھ مانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔



سہ بگوت پڑاپتی اَڈ وتہِ روزان    چھُ اوبرِکی پأٹھی چھلہِ چھلہِ گژھان
سہ برٛشٹ گژھتھ نِشٹ گژھان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی کرٛشن یہِ میوٚن سمشے گرود دۄر    توہہِ سوأے دوٚیم کانٛہہ کرِنہٕ برپۄر
میوٚن شک دۄر کرُن چھُنہٕ آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شری بھگوان ونان

بھگوان ونان سُہ چھُنہٕ دُرگتی پڑاوان    یمہٕ لۄکہٕ پرہ لۄکہٕ ناش سپدان
یُس بگوت پڑاپتی موکھہٕ کرم کران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یۄگ برٛشٹ پورُش سورگ پڑاوان    سبٹھا کالس تتہِ سوکھ بۄگان
پتہٕ پونیہِ وان گرِ زنم پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

وأراگی پورُش چھُنہٕ سورگ یژھان    گیانہٕ وان یِنٛدِ گرِ زنم داران
تتھ زنم میلُن چھُنہٕ آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پوٚت زنمہٕ أسۍمتی رِتی سنسکار    یۄگ پڑاپتی مَنز یِوان درکار
سیدی خأطرٕ پتمہِ کھوتہٕ یتن کران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یۄگہٕ برٛشٹ اُتم گرِ زنم داران    پتمہٕ ابیاسہِ داران بگوت دیان
وپدونٛمتی سو کرمہِ پھل نہٕ تژاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی مہا باہوٗ ژٕ یتھٕ پأٹھی زان    یہِ سوٗرے کینٛہہ چھُ پژکرژ پأدٕ کران
مگر پأدٕ تہٕ ناش کرن وول مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ روٗس دوٚیم چھنہٕ کانٛہہ کارن    یتھٕ پأٹھی موکھتہٕ مالہِ تأرِتھ پن
تِتھٕ پأٹھی یہِ زگت مےٚ مَنٛز زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سریہِ ژندرمس مَنٛز پژگاش میوٚنے    آکاشس مَنٛز آواز چھُس بے
وید منتر اومکار مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

زمین مَنٛز سوگنٛد نارس مَنٛز گاش    تپ سِین مَنٛز تیٚپک پژگاش
سارِنٕے زیون مَنٛز مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

زیو ذأژن ہُنٛد بیز بے چھُس    تیز وانن ہُنٛد تیز بے چھُس
گاٹلین ہُنٛد گاٹہٕ جار مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن بے غرض تہٕ کامنایہِ روٗس    طاقت ورن ہُنٛد طاقت بہٕ چھُس
بوٗتن مَنٛز مےٚ درمہٕ رٕنٛگی کام زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ستوٗگون رجوگون تہٕ تموگون    یِہنٛد باو مےٚ نِش پأدٕ سپدن
یِم مےٚ مَنٛز تہٕ یِمن مَنٛز مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# سٔتم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

ہے پارتھ ژٕ پریمہٕ پٔروک یٔگس منٛز مےٚ آتمہٕ رٔوپ زانکھ
سأری گون تہٕ بل ونٕے تھاو دیان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

وِگیانہٕ سان ونٕے سورٕے گیان باقی سمسارس منٛز زان
یٚیہٕ زانُن لایق چھُنہٕ کینٛہہ روزان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ساسہٕ بٔدی مےٚ پژاونک ییتن کران تِموٕے یٔگیومنٛز مےٚ کانٛہہ پژاوان
چھُ اصل رٔوپہٕ کانٛہا مےٚ زانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پوٚنی نار ہوا یٚیہٕ زمین آسمان مَن بود أہم میأنی پژکرتی زان
اتھ أٹھِ قسمہٕ پژکرژ چھِ اپرا ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

دۆیم ہتہٕ دُنیا بساونہٕ یِوان زیٚو جنتوٗ وغأرٕ پأدٕ سپدان
اَتھ ژیتن پژکرژ چھِ پژا ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یم بۆگن ہنز کامنایہِ گیان راوٕران پَتہٕ سو بناوِ ۆرت تہٕ نیم داران
رنگہٕ رنگہٕ دیوتاہن چھہِ پۆزان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سکام پورُش شردایہِ سان یُس دیوتاہس چھُ پۆزُن یژھان
تس دیوس مَنز چھُس دِرٕ راوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سُہ پورُش یمِس دیوس پۆزان تمِس کیُتھ یہِ مقرر آسان
سُہ پھل تمِس پژاپت سپدان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بیقلن یہِ پھل اٰخر ناشوان دیون پۆزن وألی چھہِ دیونٕے پژاوان
مےٚ بجن وألی مےٚ پژاپت سپدان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

کم عقل مےٚ اَوِناشیس چھِنہٕ زانان بڑہمس منشہٕ ہندی پأٹھی وُچھان
زینہٕ مرنہٕ وول اکھ اِنسان مانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پَتہٕ یۆگہٕ مایا چھُس کُتھان پان سارِنٕے نَنہِ وانہٕ چھُس نہٕ باسان
اگیأنی زینہٕ مرن وول مےٚ زانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پتھ کالہٕ یم أسی تہٕ یم چھہِ وٕنکین بڑوٚنٹھ کُن تہٕ آسن وألی چھُسکھ زانن
مےٚ شردایہِ روٚس چھُنہٕ کانٛہہ زانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یمو تڑیو گونو سوٗرٕے سمسار   ییٚہِ زپو ذات کۆرمُت گرِفتار
اوِناشس یمو گونو دوٗر زان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

تڑِگُن مایایہِ مَنٛز گرِفتار   یم مےٚ سوران آسن لگاتار
تم سمسارٕ ساگرس تار لبان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

اگیاًنی مایایہِ مَنٛز گرِفتار   اَسُر سوباوٕ واًلی پیٚچ بدکار
یم کوکرمی چھِنہٕ مےٚ بجان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کیٚنٛہہ سوکھ پُڑھی کیٚنٛہہ دوکھ ہرنہٕ باپتھ   گیاًنی تہٕ کیٚنٛہہ مےٚ پۆرٕ زاننہٕ باپتھ
چھِ بکھتی مےٚ ژورِ پرکاًری بجان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یمو مَنٛز مےٚ یُس بکھتہِ باوٕ سَران   سُہ گیاًنی میاًنٛی اصلیتھ زانان
بہٕ تس ٹوٹھ سُہ مےٚ یڑٕ ٹوٹھ آسان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

اگرچہِ یم چھِ ساًری سنٛبھا جان   مگر گیانہِ وان میوٚن سرٗوپ آسان
تِکیٚازِ سُہ مےٚ مَنٛز ذٔرِتھ آسان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

انتہٕ زنمس یم پڑوو تتُو گیان   سوٗرٕے زاًنِتھ مےٚ واسدیوس بجان
سُہ مہاتما بنُن چھُ مُشکِل آسان   وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

# اِڑھم ادھیاے

## ارزن دپو ونان

ارزن ونان ہی پرشوتم برہم کیا کرم کیا چھُ ادیاتم
آدِ بوُت آدِ دیوُکس چھِ ونان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہی کرشن آدِ یگیہ کُس آسان شریرس مَنز کتھ پأٹھی روزان
انتہٕ سمیس پیٹھ ژے کتھ پأٹھی زانان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان پرم اکھشر برہم زان پَنُن آتمہٕ سرُوپ ادیاتم مان
زیوٚ باوپأدٕ کرنک تیاگ چھُ کرم آسان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

پأدٕ تہٕ ناش سپدن وول ادِ بوُت مان برہمہ رُوپ پورَشس آدِ دیو ونان
شریرس مَنز وا سدیو آدِ یگیہ زان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

انتہٕ سمیس یُس مےٚ سوران ناشہِ وان شریر تیأگِتھ چھُ گژھان
میأنِس سرُوپس چھُ پراپت سپدان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یم سمسارُک سوکھ چھِ یڑھان    تم دوکھِ روٗپہِ موہ زالہِ پھسان
تم اگیأنس چھِ پڑاپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یم نِشکام تہٕ سریشٹھ کرم کران    تہندی سأری پاپھ نشٹ سپدان
راگ دوٚش موہ ترٛأوِتھ مےٚ بجان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شرَن گرٛہِتھ مےٚ یم چھِ سران    بجُرٕ تہٕ مرنکہٕ بیہٕ مکُت سپدان
تم برٛہم اُتم گیان تہٕ کرم زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

آدِ بوٚت آدِ دیو آدِ یگنٕ سان    یُس پورُش میأنی روٗپ زانان
انتہٕ سمیس وأتِتھ مےٚ پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُگ کہِ دارنایہِ مَنز ڈِرِتھ روزان    اوم اکھ اُکھر رۆپہ برٛہم سوران
شرپر ترٛاُوِتھ پرٛم گتی پرٛاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یُس پرِ منہِ لگاتار    مےٚ پرم. برٛہمس سوران باربار
سُہ یۆگی سہٕل پاٗٹھی مےٚ پرٛاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سیٚدی پرٛاپت مہاتما مےٚ پرٛاوان    یہِ دوکھہِ رۆپی گرٕ چھُناشوان
پُنرزنمس چھِنہِ پرٛاپت سپدان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یم سأری لۆکھ برٛہمہِ لۆکس تام    چھُکھ یِن گرٛھُن مۆجۆد روزان
یُس مےٚ پرٛاپت گو چھُنہِ زنم پرٛاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

برٛہما سُنٛد دوہ رات کۆت آسان    اکھ اکھ ساس یوگ دونہِ وے زان
یِمِ اِصلیتھ یۆگی زانان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

برٛہما سُنٛد دوہ ییٚلہِ شۆرۆ گژھان    چرا چر زِہو سأری پاٗدٕ سپدان
رات پِنس ئتی ییٚلہِ لے سپدان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے پارتھ تِتھے پاٗٹھی یہِ ژکرٕ چلان    دوہس زِہو ذات پاٗدٕ سپدان
پرٛکرژ وش رأژ ئتی لَے سپدان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یُس پورُش انتہٕ سمیس    یہٕ سونٛچان سونٛچان تیاگان شرپرس
سُہ تی پراوِ یُس تَس خیال آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن ژٕ کر ہمشہٕ میأنی سمُرن    یود کرم تہٕ یود کرمےٚ ارپن
مےٚ پڑاوکھ کر لگاتار میون دیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس لگاتار ابیاسہٕ رۄپہٕ یۆگہ وان    اور یور نہٕ گژھن والہِ چِت سان
ژیان کُرِتھ پرم برٛہمس سوران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سرو ویأپی آدِ انتہٕ رۄستِس    اۄوِلس تہٕ سارِنے رچھن وأرِلس
پرٛکاش رۄپی پرم برٛہمس سوران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس بکھتی انتہٕ سمیس دارِ دیان    یۆگہ بلہٕ برُکٹی درمیان تھِو پرٛان
ایکاگر منہٕ سورِتھ برٛہم پرٛاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ویدن زانن وألی یم وِدوان    ست چِت آنٛند پد اۄوِنأشی ونان
سُے پرم پد وۄنے ژھوچرٕسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِنٛدرِین ہِنٛد درواژٕ رۄٹِتھ    مَن ہرٛدیس منٛز ڈنٛجہٕ تھأوِتھ
زیِنہٕ اۄتی منہٕ مستکس پرٛان داران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَم سکام کرمہٕ وأل یۆگی زان سو رگس مَنٛز شوب پھل پڑاوان
پھل بۆ گِتھ بێیہٕ واپس یِوان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دوٚیہِ پڑکأری وَتہٕ یَم زِگیٖچ زان شُکلہٕ تہٕ کرٛشنہٕ پچھ دیٖویان پترِیان
یمہٕ وَتہٕ سناتن ماننہٕ یِوان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یَم دوٚنہٕ وے وَتہٕ تُوتہٕ سان زانان تِم یۆگی چھِنہٕ مۆہتھ سپدان
مےٚ پڑاونہٕ پُڑِھ چھِ کرم گران وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس یۆگی پورُش یِہِ راز زانان وید پرن کرن تپ زپ یگیٔنٛز دان
پوٚنٛز پھل پڑأوِتھ پرم پد پڑاوان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

اَویکھتہٕ باوٕ یژ دوٗر ہے ارزن  بیٚا کھ اَویکھتہٕ پوٗرن برٛہم سناتن
ناش گرٛھِتھ چھِنہٕ نشٹ سپدان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یَس اویکھتہٕ اکھر وننہٕ یِوان  سُہ اویکھتہٕ باوٕ میٚون پرم دھام زان
سُہ پرٛأوِتھ مَنُش چھُنہٕ پۆت پھیران  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یَس برٛہمس مَنٛز سأری زیٖو آسان  بیٚیہِ یہِ سوری زگت پَرِ پوٗرن
سُہ بکھتہٕ باوٕ ستیٚ چھُ پرٛاپت سپدان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

شرٖیر تیأگِتھ یِمہٕ وَتہٕ یوٗگی جن  واپس نہٕ پھیرنٛچ گأتی پرٛاون
بیٚیہِ یِمہٕ وَتہٕ چھِ واپس یِوان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پرٛزلوٗن أگن تہٕ دُہک دیٖوتا  چھُ پَتھ وَتہٕ زُونہ پٔچھک دیٖوتا
بیٚیہِ شیہ ریتھ اُترانیکی آسان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

مُرِتھ اَمِہ وتِہ گرٛھن وألی یوٗگی  تِمن دیٖوتاہن ہٕنٛدِ مدتہٕ ستیٚ
چھِ پرم برٛہمس پرٛاپت سپدان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

گٹہٕ پٔچھ رات شےٚ ریتھ دکھناین  بیٚیہِ دٔہ ریتھ وَتہِ دیٖوتا آسن
مُرِتھ اَمِہ وَتہِ ژنٛدر لوٗک پرٛاوان  وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

آکاشہِ پأدِ سپدن وول ہوا نیتھ آکاش ہِسے مَنٛز روزان سدا
میٲنہِ سنٛکلپہِ پأدِ زٕپو مےٚ مَنٛز آسان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کلپکس انتس سأری زٕپو ذات میٲنہِ پرکرژ بیٚیہِ سپدان پژاپت
کلپکس آدس مَنٛز چھُسکھ بیٚیہِ رچان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پژکرژ ہُنٛد سوباو کُرِتھ سمُرن پرتنتٕری گأمژ سارِنے ذٕپون
کرمو انوسار چھُسکھ پأدِ کران وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ارزن یم کرم بے لگاو آسان یِہِ سورُے پأنٕ پانِے چھُ سپدان
مےٚ پرم برٛہمس چھُنہٕ کرم گنٛڈان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

میٲنہِ سمہارِہ سٕتی میٲنٕ پژکرت چراچرا سان رچان سورُے زگت
اَمہِ سٕتی یِہِ سمسار ژکرٕ چلان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پرم باو نہٕ زانن وألی مۄرکھ منشہِ رۄپہ کنٕز مےٚ برٛہمس گران شکھ
مےٚ پرم اپشرس چھِ تُچھ زانان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

بٕ پنٕنہِ مایایہِ منشہٕ رۄپ داران سأرِسے زگتس اُدار گران
مۄرکھ مےٚ سادارن مَنُش زانان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

# نٕوم ادھیاے

## شری بھگوان وَنان

بھگوان وَنان ژٕ دِ یہ رٕوس بٔکھتی زان     وَنے ژےٚ پرم گُپت گیان وِگیان
یہِ زٲنِتھ دوٗکھ ساگرٕ موکہٕ لاو پان     وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ گیان سارِنے گیانن ہُند راز زانُن     سبٹھا اُتم پزٕ کُٹھ پھل دِیِوون
بێیہِ سادھنایہِ کُنُتھ سبٹھا آسان     وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن شرٛدایہِ رٕوس اِنسان     مےٚ زانِتھ تہِ چھُنہٕ پراپت سپدان
سنسار ژکرس چھُ ہینہٕ یِوان     وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

زاکار بزہمہ زگت پرٕ پۆرن     سنٛکلپہٕ کنی چھُنہٕ پراپت سپدان
تہٕ اصلی تمن منٛز چھُس نہٕ آسان     وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

تہِ میأنی ایشور یہ یۆگ شکتی زان     بےٚ زیوٗن پأدٕ تہٕ پالن کران
تہٕ تِمن منٛز نہٕ دٔرِتھ روزان     وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

آکاشہِ پأدِ سپدن وول ہوا نیتھ آکاش ہےٚ منٛز روزان سدا
میٲنہِ سنٛکلپہِ پأدِ زیٛو مےٚ منٛز آسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کلپکس انتس سأری زیٛو ذات میٲنہِ پرکرژ بیٚیہِ سپدان پرٛاپت
کلپکس آدس منٛز چھُسکھ بیٚیہِ رچان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پرٛکرژ ہُنٛد سوباو کرِتھ سمرن پرتنتری گأمژ سارِنے زیٛون
کرمو انوسار چھُسکھ پأدِ کران وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن یم کرم بے لگاو آسان یہِ سورُے پأنٕ پانٕے چھُ سپدان
مےٚ پرم برٛہمس چھُنہٕ کرم گنٛڈان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

میٲنہِ سمہارہ ستی میٲنی پرٛکرت چراچرا سان رچان سورُے زگت
اَمہِ ستی یہِ سمسار ژکرِ چلان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پرم باو نہٕ زانن وأل مۄرکھ منشہِ رۄپہٕ کنٛہ مےٚ برٛہمس کران شکھ
مےٚ پرم ایشٔرس چھِ تُچھ زانان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ پننہِ مایایہِ منشہِ رۄپ داران سأرِسے زگتس اُدار کران
مۄرکھ مےٚ سادارن منُش زانان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# نٔوم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

بھگوان وِنان ژٕ دِ یہ رٕوس بٔکھتی زان وِنے ژٕ یے پرم گُپت گیان وِگیان
یہِ زأنتھ دوکھ ساگرٕ موکہٕ لاو پان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ گیان سارِنٕے گیانن ہُنٛد راز زانُن سبٹھا اُتم پژٕ کُٹھ پھل دِیِوون
بێیہِ سادھنایہِ کُنٛتھ سبٹھا آسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن شرٛدایہِ رٕوس اِنسان مےٚ زانٛہہ تہِ چھُنہٕ پژاپت سپدان
سنسار ژکرس چھُ ہینہٕ یِوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

نراکار بڈ ہمہ زگت پرِ پۄرن سنٛکلپہٕ کِنٛز چھُنہٕ پژاپت سپدان
بہٕ اصلی تِمن منٛز چھُس نہٕ آسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بہِ میأنی ایشور یہ یۄگ شکتی زان بےٚ زیون پأدٕ تہٕ پالن کَران
بہٕ تِمن منٛز نہٕ دٔرِتھ روزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے ہُنٛد چھُس رُت کانٛچھان   اُتپتی تہٕ پرٛلہٕ یُک ہیتو زان
اوِناشی کارن تہِ بےٚ چھُس ندِان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بےٚ چھُس سریہِ رۄپہٕ کٔنٛز گرمان   اۆبر بِنتھ بےٚ رۄد والان
زندگی موت ست است مےٚ زان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم وید وٕنٛمتی سکام کرم گَران   تِم یِگنٕ کٔرِتھ سورگ پرٛاوان
پوٚنیہِ کرمو سورگُک سوکھ بۄگان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سورگ بۄگِتھ ییٚلہِ پھل موکہٕ لان   تِم پورُش بێیہِ مرٛتہِ لۄک پرٛاوان
پِنہٕ گرٛھنس بێیہِ پرٛاپت سپدان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم بٔکھتی مےٚ نِشکام باوٕ سوران   چھِ لگاتار مۄن دیان داران
تِہنٛدِ یۄگچھ رکھیا بہٕ پانہٕ گَران   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم شرٛدا وان دیوتاہن پۄزان   ہے ارزن سو پۄزا تہِ مےٚ واتان
مگر یہِ ویز پۄروک چھُنہٕ آسان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِگنٕ ہُنٛد سوأمی تہٕ بۄکتا مےٚ زان   اگیأنی یہِ اصلیتھ چھُنہٕ زانان
توٚے پُونر زنمس چھِ پرٛاپت سپدان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

فضوٗل آش تھٕوتھ کرم کران   ژٔژٕل مَنہٕ وٲلی اگیٲنی جن
راکھسی تہٕ آسُری پزٕکرت داران   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

دیو پزٕکرژ وٲلی مہاتما زانن   سارِنٕے زیٖون ہُنٛد موٗل کارن
مےٚ ناشہِ روٚستِس ہمیشہٕ سوران   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

میٲنی بٔھکتی مےٚ لگاتار سوران   پزٕنام چھِہم باربار کرن
چھِہ سدا میونُے دِیان دارن   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

کینٛہہ چھِہم نِراکارٕ روٗپہٕ سوران   کینٛہہ یوٗگی گیانہٕ یگنہٕ سٕتی پوٗزان
کٲتیاہ مےٚ بوٚن بوٚن باوٕ زپان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یگٔنی بےٚ أگن بےٚ أگن وٕتربےٚ   اوشدی أگن گیو تہٕ منتر بےٚ
کرمہٕ وول بہٕ ہونٛچ کرِیا مےٚ زان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِی زِگتُک چھُس بہٕ درتا   کرمہٕ پھل دِنہٕ وول پتاماتا
پوٚیتر اومکار تہٕ وید مےٚ زان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پزٕم دام سوٲمی تہٕ رچھن وول   سارِنٕے ہُنٛد جان تہٕ ناکارٕ وُچھن وول
شرنا گتن ہُنٛد نِواس ستھان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے ہُنٛد چھُس رُت کانٛچھان اُتپتی تہٕ پرٕلہٕ یُک ہیتو زان
اوِناشی کارن تہٕ بےٚ چھُس ندان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بےٚ چھُس سرِیہٕ رۄپہٕ کنٛز گرمان اۄبر بنتھ بےٚ رۄد والان
زندگی موت ست است مےٚ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم وِپد ؤنٛتی سکام کرم کران تِم یِگٕنٛز کٔرتھ سورگ پژاوان
پونیہٕ کرمو سورگک سوکھ بۄگان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سورگ بۄگتھ یِیلہٕ پھل موکہٕ لان تِم پورُش بێیہٕ مرٕتہٕ لۄک پژاوان
پنہٕ گرٕہنس بێیہٕ پژاپت سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم بٔکھتی مےٚ نِشکام باوِ سوران چھِ لگاتار مون دیان داران
تِہنٛدِ یۄگِچ رکھیا بہٕ پانہٕ کران وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم شردا وان دیوتاہن پۄزان ہے ارزن سو پۄزا تہٕ مےٚ واتان
مگر یہِ ویز پۄروک چھُنہٕ آسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِگٕنٛز ہُنٛد سوآمی تہٕ بۄگتا مےٚ زان اگیآنی یہِ اصلیتھ چھُنہٕ زانان
توے پُونرزنمس چھِ پژاپت سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

فضؤل آش تھِوتھ کرم کران    ژٔھؤل مَنہٕ وألی اگیأنی جن
راکھسی تہٕ آسُری پرٛکرت داران    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

دیو پرٛکرژ وألی مہاتما زانن    سارِنے زیون ہُند مؤل کارن
مےٚ ناشہِ روٗستِس ہمیشہٕ سوران    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

میأنی بٔھکتی مےٚ لگاتار سوران    پرٛنام چھِم باربار کرن
چھِ سدا میونے دِیان دارن    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کینٛہہ چھِم برٛاکارِ روٗپہٕ سوران    کینٛہہ یۆگی گیانہٕ یگنہِ سۭتی پۆزان
کأتیاہ مےٚ بۆن بۆن باوِ زپان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یگنٛی بےٚ أگن بےٚ أگن وٕتر بےٚ    اوشدی أگن گیو تہٕ منتر بےٚ
کرمہٕ وول بہٕ ہوٚنٛچ کرِیا مےٚ زان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سارِی زگتُک چھُس بہٕ درتا    کرمہٕ پھل دِنہٕ وول پتاماتا
پوٚیتر اومکار تہٕ وید مےٚ زان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پرٛم دام سوأمی تہٕ رچھن وول    سارِنے ہُند جان تہٕ ناکارِ وُچھن وول
شرنا گژھن ہُند نِواس ستھان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ویش شۆدُر تہٕ چنٛڈال سان　　یُس کاٗنٛژھا شرن چھُم گژھان
سُہ بے شک پرم گُتی پڑاوان　　وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کیٛاوُنن بکھتن پونیہٕ وان بڑہمنن　　شرن گژھِتھ مےٚ پڑاپت سپدان
منشہٕ تن پڑاٗوِتھ مےٚ روزِ سوران　　وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

مےٚ دِتھ مَن بکھتی سان کر پوٗزا　　پڑنام کر مےٚ مَنٛز لاگ آتما
پان پٕشراو مےٚ گُن تھو دیان　　وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

دیۆن پۆزن وٲلی دیوتاہن پڑاوان   پیٚترن تہٕ بۄتن پۆزِتھ پڑاوان
مےٚ پۆزن وٲلی ییٚنہٕ گژھنہٕ موکہٕ لان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِم بٔکھتی مےٚ پھل پھۆل گران ارپن   نِشکام باوِ ییٚہٕ بڑوٹھِ کٔنہٕ تھاون
یہٕ سگُن رۆپ دٲرِتھ کھوان لولہٕ سان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن ژٕ یُس کانٛہہ تہٕ کرم گران   تپ ہون گران دان دِوان
یہِ سورُے مےٚ ارپن کر پڑیمہٕ سان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ییٚلہِ سارِی کرم مےٚ پُشراوکھ   سنیاس یۄگہٕ اشُب شُب پھلہٕ موکہٕ لکھ
پانہٕ کرمہٕ بنٛدنہٕ موکہٕ لاوپان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

سارِنےٚ زیۆنِ منٛز بہٕ ہیوٗی روزان   نہٕ مےٚ کانٛہہ ٹوٹھ یا اٹوٹھ آسان
مگر پننہٕ نمن بٔکھتن بہٕ نۆن باسان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یژ پٲپی پاپھ ترٛاوِتھ دَرِ دیان   سُہ نشچے کٔرِتھ سادۆ چھُ بنان
تس برٛہمس رۆس کینٛہہ نہٕ باسان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

سُہٕ جلدی درماتما چھُ بنان   آدِ پرم شانٛتی چھُ پڑاپت سپدان
بٔکھتی میون چھُنہٕ نشٹ گژھان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ستھ مہاریٚشی تہٕ ژور اَمہٕ بڑٕٛھم    سنکادِک تہٕ ژوداہ چھِ یم
یہٕ سمسارچ پڑز تہنزی زان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس زانہٕ مےٚ ایشر سٕنٛز وِبوٗتی    ہیٚیہٕ توتہٕ سان میأنی یوٗگہٕ شکتی
سُے بے شک چھُ بکھتہٕ یوٗگ پژاوان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

میانہِ کارنہٕ زگت پأدٕ سپدان    سورُے زگت میأنی چِتنا کران
شردا وان لگاتار مےٚ بجان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

لِگاتار مےٚ منٛز مَن لگاون وألی    مےٚ پٔنن پڑان ارپن کرن وألی
بکھتی میانہِ بکھتی ہُنٛد ورنن کران    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

میٔانہٕ پڑ باوُک تہٕ گونن ہُنٛد کیرتن    لگاتار کُرِتھ سنشٹ سپدن
مےٚ واسہٕ دپوس منٛز واس کران    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یم لگاتار میوٚنُے دیان داران    تِمن چھُس بہٕ تُتھُے گیان دِوان
گیأنہٕ یوٗگہٕ تِم مےٚ پڑاپت سپدان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

بہٕ انوگرہ کُرِتھ تہنٛد انتہٕ کرن    گیأنہٕ روٗپہٕ ژانگہِ چھُس گٲشراوان
اَگیأنچہٕ گٹہٕ چھُس دوٗر کران    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

# ڈہم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

بھگوان ارزنس ونان تھاو کن وَنے سیر تہٕ پڑباوٕ وأل وچن
یمہِ ستی بکھتس سپدِہ کلیان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تہٕ یمہِ مایایہِ چھُس پزکٹ سپدان مہاریشی تہٕ دیوتا چھِنہٕ زانان
ریشن دیون ہُنُد آدِ کارن مےٚ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

نرینہِ روٗس آدِ روٗس یُس مےٚ زانان سارِنے ہُنُد ایشور مانان
سُہ گیأنہٕ وان پاپو نِشہِ موکہٕ لان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یتن کرنچ شکتی تہٕ گیان پزاوان کھیٚما، پزر، یندرے مَن وش تھاوان
چھُ سوکھ دوکھ اپتی پزلے سمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اہنسا سنتوش تہٕ خوف خۄنی صبر، تپ، دان، لیش تہٕ بدنامی
نانا پزکأری باو مےٚ نِش وۄپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی زناردن پٔنز پۆگہٕ شکتی وِستارٕ سان ؤنیو سأرٕے وِبۆتی
امرت وچنو چھُس نہٕ ترپھتان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان وَنان

شری بھگوان ارزن دپوس وَنان بجہ بجہ وِبۆتیہٕ ونٔے تھاو دیان
انتہٕ رۆس تِس چھُنہٕ ویستار سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بہٕ سارِنٔے ہرٛدیس منٛز روزان سارِنٔے ہُنٛد آتما مےٚ زان
زپون ہُنٛد آدِ انت تہٕ ورتمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

باہن آدِتیہ پُوترن منٛز وِشنۆ زان زٕژٕ وول بسریہ تہٕ وایۆ تیز زان
نکھترن ہُنٛد آدِ پتی ژندرمہٕ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دپون منٛز اِنٛدر یندرین منٛز مَن وپدن منٛز سام وید رۄپہٕ آسن
زپون منٛز زنٛدٕ گأنی مےٚ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بہٕ شنکر چھُس کاہن رۆدرن منٛز وسون منٛز أگن سُومیر پروتن منٛز
یَچھن منٛز دھنُک سوأمی کبیر زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پرٛوہتن ہُنٛد زبُٹھ برہسپت مےٚ زان سیناپتٔین منٛز سِکندر بلوان
پاں جوین منٛز بہٕ سمندر مہان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# ارزن دیو ونان

پرم برٛہم تہٕ پرم دام ژٕے    سأری سناتن پوٗرُش مانان چھی
دیون ہُنٛد آدِ دیو ژٕے چھی ونان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اجنما سرٕ ویاپک ونان چھی    دیوریوٗش نارد دیو تہٕ ویاس جی
توٗہی پانہٕ میانہِ پُژھی چھِو ونان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی کیشو یہِ کیٛنژھا چھِو ونان    تہِ سورُے پُچھس بہٕ پوٗز مانان
چأنٛز لیٖلا دانو تہِ دیوتا زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ زیوٗن پأدٕ کرن وول برٛہم    زگت سوأمی دیون ہُنٛد دیوتہٕ پرشوتم
توٗہی پانے پانس زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

توٗہی پانے پنٕہ نٕمن وِبوٗتین    پوٗرٕ پأٹھی ہیٚکو کٔرِتھ ورنن
سارِنٕے لوٗکن ویاپِت آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی یوگیشہِ کمہِ پرٛکأری دارِ دیان    بہٕ رٕتھ پأٹھی زأنِتھ ہیٚکہٕ ہی بھگوان
کمہِ باوٕ روزٕ چأنٛز سمرن کران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اچھرن مَنز اوم کالہٕ سُنٛد مہا کال    سارِنٕے اُدار کرن وول تہٕ رکھپال
ژۄپور موکھ وول وِراٹ مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ناش کرن وول موت مےٚ زان    پأدٕ کرنُک تہِ بےٚ کارن
گُرتی سمرتی تہٕ کھیٚما مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کیرتن واجبن شرٛتین مَنز برہت سام    منترن مَنز گأیتری منتر پرم دام
ریتن مَنز ماگ موسمن مَنز وسنت زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژھل گرن والین اندر زار    پرٛتھ کرن وألین مَنز اعتبار
زینن وألین مَنز جیت مےٚ زان    وۄن بھگوانن گیتا گیانِ۔

یارن مَنز چون ہِتر بہٕ پانہٕ واسدیو    پانڈون مَنز ژٕ ے ارزن دیو
مُنی ین مَنز وِیاس کیوین مَنز شکر زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

جیت یژھن والین ہنٛز بہٕ نیتی    سِر رٹھن والین ہنٛز خاموشی
گیانہٕ وانن ہُنٛد چھُس تتو گیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن سارِنٕے زیون ہنٛز اُتپتی    امیک مۄل کارن تہِ چھُس بےٚ
مےٚ سِوا ژر اژر نہٕ آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ریشن مَنٛز برگوٗ زپہ یگنٛ ہونن مَنٛز اکھ اچھر اومکار اچھرن مَنٛز
کلٔبن مَنٛز مےٚ پیٚپل کُل زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ اَمر تہٕ سان پأدٕ گوٚر أچہ شروا ایروت ناوِ ہوس یہِ سریشٹھ سبٹھا
منشن مَنٛز آسن وول راژ مےٚ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہتھیارن مَنٛز وزر گاؤن مَنٛز کام دہنو سنتان اُتپتی کارنہٕ کامہٕ دیوٚ بے
سرپن ہُندراژ مےٚ واسکی زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ناگن مَنٛز شیشہٕ ناگ زل راژورن دیوتا پترن مَنٛز پتر ناوِ اَریما
حُکم دِنہٕ والین مَنٛز یمراژ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دِتن مَنٛز پرہلاد گرٛنٛز مَنٛز سے زان پَشن مَنٛز یہِ پادرہہ بلوان
پَرندن مَنٛز مےٚ گروڑجی زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پوترٕ کرن وألین مَنٛز مےٚ ہوا زان شستر دارین مَنٛز شری رام بھگوان
ندٕین مَنٛز بأگی رتھی گنٛگا مےٚ زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سرشٹین ہُند آدِ انت بیٚیہٕ درمیان وِدیاین مَنٛز مےٚ برٛہمہٕ وِدیا زان
بحث کرن والین ہُند وأد مےٚ مان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# کٲم ادھیاے

## ارزن دٕپو ونان

ارزن ونان تہُنٛدِ اَنہٕ گژہ ہٕتی    گُپت اِدھیاتمہٕ گیانہٕ اپدیشہٕ ہٕتی
نشٹ سپدیو مےٚ سوٗرٕے اگیان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

بۄزُم زٕبون ہنٛزٕ اُتپتی تہٕ پڑلے    تُہنٛدِ ناشہٕ روٚس آسہٕ نٕچ وکھنے
یہِ روٗپ بۄز مےٚ ویستارٕ سان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُتھ توٚہی پانٛس ونان چھِوٹھیک تِتھُی    تہُنٛد گیان بل ایشور یہ شکتی
یہِ روٗپ چھُس پرتیکھ وُچھن یژھان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی پربھوٗ چھُس بہٕ یژھان کرُن    امہِ اوِنأشی روٗپک درشُن
اگر چھِو اَتھ لایق مےٚ زانان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان چھُس ونان ہے ارزن    میأنٛی ساسہٕ بۄدی بناوٹہٕ وأرلی ورن
نانا پژکاٗری گژھ روٗپ وُچھان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

میٲنۍ دیوٕ شکتی چھِ اپٕرم پار     میٲنِن وِبوٗتین چھُنہٕ ویستار
وونمے یہِ سبھٕ ژھوٚڑ پٲٹھۍ زان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس یُس چیز شکِتمان تہٕ شوٗبہِ مان     ایشور یہِ وان لیش وان چھِے باسان
سُہ سُہ میٲنہِ تیزٕچ اکھ زٕژ زان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یُژ زانہٕ کیا پرٕیوزن     یہِ زگت مےٚ ستی چھُ پرِ پوٗرن
یہِ میٲنہِ یوٗگ شکتی ہنٕز رژھازان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کِتہِ پڑکأری ارزن دیون وُچھ بوٚن بوٚن زگت سمپوٚرن
شری کرٛشنس مَنز سوٗرے وُچھان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

آشچر یہِ وُچھِتھ حأران ارزن پڑکاشمان روٗپس پڑنام کرن
گلیٚ گنٛڈِتھ چھُس شردا یہِ سان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن دیو ونان

ہی دیو چھُس وُچھان سأری زیو ژے مَنز سأری دیوریش تہٕ مہادیو
پمپوش پیٹھ بڑہماجی بِراجمان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

انیکھ نرِ، زنگہٕ، یڈ موکھ نیترو سان ژوا پور چوٗنے روٗپ ڈیشان
اَتھ نہٕ آغاز، انجام نہَ درمیان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

مُکٹ دأری گدا ژکر ہیتھ شوٗبان پڑزلون أگن تہٕ سرِیہ ہیوٗ تیزوان
ژوٚپور چمکہٕ وُن روٗپ چھُس وُچھان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕےٚ پرم بڑہم پرماتما چھُکھ پرم آدار ساری زگتُک
سناتن پوٗرُش درمُک نِگاہ بان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

آدِ انتہٕ روٚس سرو شکتی مان سِریہِ ژندرمہٕ نیتھر موکھ أگن پڑزلان
زگت سوٗرے تِہُنٛد تیز تپان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ مَنٛز آدِیتی ہِنٛدِ ی باہ وے پوٗتھر   زِ اشنونی کُمار اُٹھ وسو کاہ رُدُر
وُچھ سبٹھا روٗپ میٲنٛی آشچر یہ سان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

میٲنس شرپرس مَنٛز ژرا ژر ہیٚتھ   اُکی سے جایہِ ڈٕرِتھ سورُے زگت
ہیٚیہِ یہ کینٛژھا یژھک تہٕ گژِھ وُچھان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِمو منشہِ نیترو ہسکھ نہٕ وُچھِتھ   دِمےٚ دِیو دژشٹی ہسکھ ڈیٚشِتھ
میۄن پرم شکتی وول روٗپ مہان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

سنجے ونان

سنجے   دھژتراشٹرس   ونان   یہِ وَنِتھ یوگیشور کرشنہٕ بھگوان
ارزنس پُتُن دِیوِ روٗپ ہاوان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

بے شُمار موکھ نیٚتھر عجیب زیور   اَتھن کیٚتھ ہیٚتھ انیک دیوٕ شستر
رنٛگہٕ رنٛگہٕ دیوٕ وستر شۄبان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

دِیوٕ خوشبوٗ ملِتھ دِیوٕ مالہٕ لاگِتھ   حدٕ روٗس ژواپور موکھ داٚرِتھ
وِراٹ روٗپہٕ ایشرس ارزن وُچھان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

اگر یِکہٕ وٹہٕ ساسہٕ ئدی بِریہِ کھسَن   سُہ پژکاش کوٗتاہ آسہِ سپدن
وِشو روٗپی برٛہمہٕ پژکاشس نہٕ واتان   وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ساںٕہ طرفٕکۍ بڈٕۍ یودا تہٕ لاران   چأنس خوفناک أسس مَنز اژان
کیٛنٛہہ أڑمن پھسان تہٕ دٔندن روٹان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یتھٕ پأٹھۍ ندٕین ہُنٛد زل لٔہر ماران   سمنٛدرس کُن دوان لاران
تِتھے پأٹھۍ یِم وٕپر ژٕے مَنز اژان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پوٚنٛپر نارٕ گاشس چھِ لاران   وُچھان وُچھان چھِ بسم سپدان
یِم لۄکھ تہٕ ژٕے مَنز اژان تہٕ مران   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

چھو دزونٕہ أسہٕ لۄکن گژاس کران   سارِوٕے طرفو چھو فیشان
سورٕے زگت تیزٕ چانہٕ گرمان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

توٚہۍ خوفناک روٗپہ کم چھوٚ وٕنۍ تو   ہۍ دیٛون ہٕنٛدٕ دیٛو خوش گژھۍ تو
ہۍ آدِ دیٛو چھُس بہٕ زانُن یژھان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

شری بھگوان ونان

بھگوان ونان وُنۍ کُہن چھُس مہاکال   لۄکھ ناش کرُنک آم خیال
چانہٕ یود نَہ کرنہٕ بچہٕ نہٕ کانٛہہ ژٕ زان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

لہازا ژٕ یود کٔرتھ لیش کر پڑاپت   راج زین دُشمن کرُکھ سماپتھ
بہانہٕ بن ہرۍ مَتۍ چھِم تِہنٛد پڑان   وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سورگ پرٛتھوی آکاش ہَن ہَن ساری طرف چانہِ ستی پرٕ پوٗرن
اَمہِ بیٚنکر روٗپہٕ ترٛبون لرزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دیوتاہن ہنٛز جماعژ ژےٚ منٛز اژان کینٛہہ گلو گنٛڈِتھ چاۓنی گون گیوان
ریٚشی تہٕ سِدھ ونان کلیان کر کلیان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کاہ رُدر باہ آدِتی تہٕ أٹھ دسوٗ گنٛدرٕو پیتر راکھیس تہٕ سِدسادوٗ
حأران گژھِتھ ژےٚ کُن وُچھان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

چاۓنی واریا موکھ نرِ زنٛگہٕ وُچھِتھ دنٛد اَڈِمہٕ تہٕ خوفناک روٗپ ڈیٛشِتھ
سأری ہیٚتھِ تہٕ چھس ویاکُل گژھان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اکاشس تام چون روٗپ تیزوان وِہرأوِتھ أس أچھ زوتان
چھس کأنپان صبر چھم راوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

خوفناک أژمہٕ تہٕ موکھ پرٛلیٚک نار وُچھِتھ چھم نہٕ کُنہِ طرفہٕ سوکھ تہٕ قرار
دیون ہُنٛد دیوٕ چھکھ دیاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دھرتراشٹر پوتھر سارِوے راز و سان ژےٚ منٛز سأری چھِ پرٛویش کران
بھیشم دروناچاریہ کرنس سان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ ے ہوا اٗءگن ورُن تہِ ژٕندرما    پڑز اسوأمی بڑہما جیُن تہِ پتا
سأری بار بار چھِی نمسکار گران    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یرٕ طاقتہٕ والہِ ژٕ ے پتہٕ بڑوٗنٹھ نمسکار    سرٕوٕ ویاپکہٕ ژٕ ے ہرطرفہٕ نمسکار
ژٕ ویاپت سأرِسے چھِی سرو روٗپ ونان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پرباو نہٕ زٲنتھ چھُستھ میتھٕر مانان    ہی کرٛشن ہے یادوٗ ونان لولہٕ سان
سوچنہٕ سمجھ نہٕ بغأر کیا کیا ونان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

وۄتھان بہان گِندان کھوان چوان    ٲکنبن یا دوستن تھِی تھدٕ برٛ ونان
اپراد مےٚ بخش چھُکھ دیاوان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ژرا ژراگت پتا تہٕ پوجیہٕ گورٕوٗ    ژٕ ے ہیوٗ پڑباو وول بێیہٕ کُس چھُ
ترٛین لوٗکن منٛز کُس ژٕ ے سمان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

چانٛہن پادن تل بہٕ پان ترٛاوان    استوتی کران چأنی شرٛدا یہِ سان
بکھتن پیٹھ چھُکھ پرٛسن روزان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پِتا پوترٕ سُنٛد میتھٕر میتھٕر سُنٛد    یاپتی پنہٕ نہِ ٹاچھِ پتنی ہُنٛد
چھِو ژالان تہٕ ژٲلِتھ معاف گران    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

دروناچاریہ بھیشم جی بێیہ جیدرتھ یَم مےٚ ماأری ءتی ساأری کرن ہتھ
یودکرژہ زینکھ مہَ گژھ حاأران وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سنجے ونان

سنجے ونان بھگوانہٕ سنٛدی یَم وچن بۆزِتھ مکٹ داأری ارزن
گلہٕ گنٛڈِتھ شری کرٛشنس چھُ ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن ونان

ارزن ونان چھُس ہے بھگوان یہٕ چھُ پۆز یَم چھِ چون ناو ہیوان
چانٛہن گونن ہُنٛد کیرتن کران وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

زگت سوُرے چھُ آننٛد پژاوان سید تہٕ ساد چھِ پژنام کران
خوفہٕ ستی راکھیس طرفن ژلان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

برٛہما جیُن آدِ کرتا ژ ی ژ بۆڈ سارِنے ساأری نیمان چھِی
ست چت آننٛد برٛہم زانان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی آدِ دیو ژ پرُاتن پورُش چھُکھ پرم دام بێیہ آدار زگتُک
زگتس ویاپت ذرِ ذرس آسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## سنجے ونان

سنجے ونان ارزنس شری بھگوان ژۆ تر بوز رۄپ ہاۆتھ کرشن بنان
بیہ ہٕتس ارزنس تسلا دِوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## ارزن دپو ونان

ارزن ونان ہی مدٕہ ہٕدن ڈنجہ دل مےٚ بیٚوٹھ گرتھ چون درشن
منشہٕ رۄپ وُچھتھ چھس شاد سپدان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان ژۆ ترٕ بُوز رۄپہٕ وچھن سبٹھا دُرلب چھُ یہٕ میون درشن
دپوتا چھِ اُتھی درشنس ترسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ژۆ ترٕ بُوز رۄپہٕ ژےٚ درشن دِتھ بیٚیہٕ کانٛہہ یتھٕ پاٹھی ہیکہٕ نہٕ وُچھتھ
نہَ زپ تپ کرِتھ نہَ یگنٛ تہٕ دان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مگر ہی ارزن یِم بھکتی سان ژۆ ترٕ بُوز رۄپہٕ مےٚ وُچھن یژھان
مےٚ پرآونہٕ خاطرٕ مون توت زان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مگریُس صِرف مےٚ پۆژھی کرم کران بے غرض تہٕ وآرٕ باوٕ رۆس آسان
سارِنے نہون ہیٚو زانِتھ مےٚ پژاوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

از وُچھِتھ یہِ عجیب رۄُپ چون    خوفہِ ستی وِیاکُل گومَن موٚن
ژوُتریوٚز رۄُپہِ چھُستھ وُچھُن یژھان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ملکُٹ درگدا ژکرِ ہتھ اتھن کیتھ    تِتھے پأٹھی وُچھُن یژھان چھُستھ
ہے وِشو رۄُپہِ مےٚ تمی رۄُپہِ ہاو پان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

شری بھگوان ونان

بھگوان ونان چھُس ہے ارزن    اَنہِ گژہ کُرِتھ ہاوے درشُن
یہِ وِراٹ رۄُپ موٚن سبٹھا تیژ وان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ میأنی یوٗگہِ شکتی تہِ پرم دام    ژےٚ سوأے وُچھُنہِ کأنسہِ از تام
آدِ انتہِ روٚس موٚن رۄُپ مہان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ژےٚ روٚس ہیکِہ نہِ کأنہہ وُچھِتھ    وید پرِتھ تہِ تپسیا یگیٚن کرِتھ
نہِ کأنہہ کرِیا کرِتھ نہِ درم دان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

بینکر رۄُپ وُچھِتھ مہِ گژھ وِیاکُل    موٗڑ باو تراو بےَ مہِ پژاو بلکُل
وُچھ ژوتریوٚز رۄُپ شنکھ گداژکرِ سان    ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یم سأری کرم کرن مےٚ ارپن بکھتہٕ باوٕ مےٚ لگاتار سُرن
سوٗگن روٗپہٕ یم میوٚن دیان داران ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ منٛز مَن لگاون وأل پریمی مژتہٕ لوٗکہٕ سمسار موکہٕ لان چھی
چھس تمن پانہٕ اُدار گران ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ منٛز یِیلہِ مَن یوو لگاوکھ اَمہِ پَتہٕ مےٚ منٛز نواس کَرکھ
اَتھ منٛز کانٛہہ سمشے مہٕ ژٕ زان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

اگر مَن باسِے ٹھیکرُن مُشکِل یوٗگہٕ ابیاسہٕ ستیٚ کر حاصِل
مےٚ پژاونٛچ یژھا روز کران ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

اگر ژٕ ےٚ یوٗگہٕ ابیاسہٕ لگی نہٕ مَن روزمیانہٕ خأطرٕ کرم کران
کرمہٕ وان مےٚ پژاونٛچ سیدی پژاوان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ سادنا تہِ اگر ہیٚکھ نہٕ کَرِتھ منس تہٕ بوزِ بیٚتھ وِجے پژأوِتھ
سوٗرے کرمہٕ پھل گژھ تیاگان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

اِبیاسہٕ کھوتہٕ گیان گیانہٕ نِشہِ دیان دیانہٕ کھوتہٕ کرمہٕ پھل تیاگُن جان
تیاگہٕ ستیٚ جل شأنتی پژاوان ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

# بٲہُم ادھیائے

## ارزن دپ۪و ونان

یُس بَگھتؠ ژٕ سا کار رؤپہٕ بجان    دۆیم نِراکارٕ رؤپہٕ سمران

یِمن مَنٛزٕ کُس ژٕ یوگہٕ وان باسان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

ایکا گر منہٕ یُس دارِ میون دیان    مےٚ سوگُن رؤپہٕ بجہ شرٛدایہِ سان

یۆگین مَنٛزٕ مےٚ سرٛیشٹھ باسان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یَس پورُش یندرین وَش چھُ گران    مےٚ سرو ڤیاپک نِراکار زانان

مےٚ پرم برٛہمس پریمہٕ باوٕ بجان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ اوِناشس لگاتار سَران    سارِنٕے زیون ہُنٛد رُت کانٛچھان

سُہ سِم باوٕ یۆگی مےٚ پرٛاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

نِراکار برٛہمس مَنٛزٕ مَن لگاوُن    چھُ سادنایہِ کُن مُشکِل آسُن

یہِ گُتی مَنُش دوکھہٕ سان پرٛاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس شرداپہِ سان مےٚ پان پُشراوان       مےٚ ووٚنمُت درمہِ کُے امرِت چوان
سُہ بکھتی مےٚ سبٹھا ٹوٹھ آسان       ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔



ساریٖنے زٕہون لولہٕ نظرِ وُچھان    غرضہٕ تہٕ مطلب روٚس دیا وان
موہ اہنٛکار روٚس تہٕ کھیٚما وان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سوکھ دوکھٕ سمان دُشمنن تہجنشان    سُہ یُٔگی سدا سنتُشٹ روزان
جیتیٖندرے بُٔھتی مےٚ ٹوٗتھ آسان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُسُنٛد کاٗنٛسہِ زٕہوس بےٚ نہٕ روزان    نہٕ پانس کاٗنٛسہِ ہُنٛد خوف آسان
ہرشہٕ تہٕ حسدٕ روٚس مےٚ ٹوٗتھ باسان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

اَنٛدرٕ نبہٕ پویتر تہٕ خاٗیشو روٚس    خوفہٕ روس ناطرفدار آسہِ یُس
سُے مےٚ ٹوٗتھ یُس یِم وِشے تِیاگان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس نہٕ زانٛہہ خوش یا غمگیٖن سپدان    نہٕ کاٗنٛسہِ ہِنٛز وِے نہٕ کامنا آسان
میۆن ٹوٗتھ شُب اشُب کرم تِیاگان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس دوس دُشمن تہٕ مان اَپمان    سَرد گرم سوکھ دوکھ مانہٕ سمان
میون ٹوٗتھ موہ ممتا تژاوان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

نِنٛدیا تہٕ تعریف ہوی زانان    پنہٕ نہٕ گزارِ سنتُشٹ روزان
موہ تہٕ غرضہٕ روٚس روزان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

بجرُک ابِمان ٹھؠکُل مجرٕ نہَ آسُن  کأنٛسہِ زیٛوس کُنہِ رنٛگہٕ دوکھ نہٕ دٕبُن
مَن وأنی کنِز سیوٚد تہٕ کھیٚماوان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

شرٛدایہِ بکھتہِ باوِ گورٕ سیوٛا گران  نیٛمہٕ أنٛدر شُد انتھہ کرن آسان
مَن شرٛیر وِش تھوان ییٛندریو سان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یَم تہِ پرٕ لۄکِکی بۄگ تیاگان  زینہٕ مرٕنکی بجُرکی دوکھ دأدی سران
یَمن دۄشن پیٛٹھ ویٛژار گران  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ترٛی پۆتھر گرٕ بیٚنہِ دولت دن  اتھ موہ ممتایہِ مَنٛز نہٕ پھسُن
ٹۄٹھ تہِ اٹۄٹھ پرٛاوُن یکسان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مےٚ ایٛشرس بکھتہِ یۄگہٕ سۆرِتھ  تہنا پوِیتر جایہِ رۄزِتھ
وِشے بۄگی مَنُش دۄر روزان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ادِھیاتمہٕ گیانس مَنٛز ڈٕرِتھ روزان  تتُو گیانہٕ رۄپہٕ بھگوان وُچھان
یہِ چھُ گیان اَتھ اُلٹہٕ گو اگیان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

زانُن لایق ٹھیک پأٹھی زان  زأنِتھ مَنُش پرم آنٛند پرٛاوان
سُہ آدِ رۆس برٛہم ست تہٕ است زان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

# ژٕ وُٲہم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

شری کرٛشن ارزن دپوس ونان    شرٕر چھُ کھیترکہِ ناوٕ زانُنہٕ یِوان
زانن وأِلس کھیتر گیہِ ونان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سارِنے کھیترن منٛز مے زبو آتما زان    پرٛکرتی تہٕ پورُش زانُن توتہٕ سان
میون مانُن چھِ أتھی گیان ونان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

سُہ کھیتر یُتھ چھُ یٖیہٕ یمہٕ وِکار وول    کمہِ کارنہٕ چھُ کھیتر یگہٕ پرٛباوٕ وول
یہٕ سورِے بوز ژھوچرِ سان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ریشو واریاہہِ پرٛکاری یہ توت وونمت    ویدو تہٕ یٖیہٕ بوٗن بوٗن وکھنمت
برٛہمہٕ سُترِ وتہٕ کوڑ رمُت بکھان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پانژھ مہابوٗت مَن بود تہٕ پرٛکرتی    اکھ مَن یٖیہٕ دٔہ ینٛدرے چھی
یٖیہٕ پانژن گیانہٕ ینٛدرین وِشے زان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کاریہِ کارن اُتپن سپدان  امیک وجہ پڑکرتی مانئہٕ یِوان
سوکھ دوکھ یوٗگ ہیتو زپو آتما زان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پورُش پڑکرتی مَنٛز دٕرِتھ روزان  پڑکرژ ستی تژیہ گون پأدٕ سپدان
یِموٕے گونو نیک بدیونی پڑاوان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یَتھ جسمِس مَنٛز آتماہی چھُ پرماتما  وُچھن تہٕ رچھن وول بھرتا
بڑ ہما وکن ہُنٛد سوآمی مہیشور زان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھٕ پأٹھی پورُش تہٕ پڑکرتی گیان  یس مَنُش یہِ گونو سان زانان
سُہ سورُے کرِتھ تہِ نہٕ زیوان مران  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

کأیتاہ مَنُش تَس بڑہمس وُچھان  سۆکھشم بوز ہڑ دیس مَنٛز دأرِتھ دیان
کینٛہہ گیانہٕ کینٛہہ کرمہٕ یوٗگہٕ پڑاوان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بێیہِ تہِ کتی یم کم عقل آسان  گیأنین نِشہِ بوٗزِتھ عمل گَران
تِم تہِ چھِ ساگرس تار لبان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہی ارزن یہِ زڈ تہٕ چیتن زان  کھیتر تہٕ کھیتر یگہٕ ملہِ پأدٕ سپدان
یہِ ژر اژر سورُے چھُ ناشوان  وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پڑتھ طرفہٕ اتھٕ کھو رأچھٕرتہٕ کلہٕ وول    پڑتھ طرفہٕ گٔن ہر طرفہٕ موکھ وول
سأرِسے سمسارس چھُ وِیاپٔت آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنٕے یٔنٛدرِین ہُنٛد وِشے زانان    مگر پانہٕ یٔنٛدریو رۄس آسان
بے لگاو اتھ پالان پوشان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنٕے زٕیون نبٕرٕ انٛدرٕ پرِ پۆرن    سۆکھشم آسنہٕ زانٕس تل نہٕ یِون
چھُ نزدیک سُورے دۆر باسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنٕے مَنٛز أسِتھ سُہ بوٚن باسان    وِیشٕو رۆپہٕ زٕیون پالان پوشان
بڑہما رۆپہٕ اُتپن رُدرٕ رۆپہٕ ناش گران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مایاہِ دۆر تیزن مَنٛز تیزوان    تتۆ گیانہٕ سُہ بڑہم پڑاپٔت سپدان
سارِنٕے ہڑدین مَنٛز روزان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھٕ پأٹھی کھیتر تہِ کھترکنٛک گیان    مےٚ پرم آتما سُنٛد رۆپ زان
بکھتی یہِ زأنِتھ مےٚ پڑاپٔت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پڑکرتی تہٕ پورُش اَنادی زان    وِکار تہٕ گون پڑکرتی پأدٕ گران
راگ دُویش آوِ گون اُپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کھیتر تہٕ کھیتر گیہِ راز زانان گیانہٕ نیترو پڑکرتی گُنو مکُت ڈیٔشان
سُہ مہاتما چھُ پرماتماہس پڑاوان وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔



یٚمن ناش گژھن والِین مَنٛز زان اَوِنأشی بڑٕہم سم باوٕ روزان
یُس یہِ زانہِ سُہ پرم گٔتی پڑاوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

تِکیٛازِ یُس سأری سےٚ مَنٛز ڈیٛشان دٔرِتھ سم باو پرم بڑٕہم وُچھان
سُہ پانے پانس چھُ نہٕ نشٹ گران وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پوٗرُش کرمَن ہر پرکأری زانان پڑکرتی دٔسی کرنہٕ یِوان وُچھان
آتما اکرتا زأنِتھ چھُ سُہٕی زانان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس زیوٗن ہیٛنٛدی بوٗن باو ڈیٛشتھ أکی سےٚ بڑٕہمس مَنٛز دٔرِتھ ویستار وُچھِتھ
تیٚلہِ سُہ مَنُش بڑٕہمس پڑاوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن آدِ روٗس تہٕ نِرگون أسِتھ سارِنے شریرن مَنٛز دٔرِتھ روزِتھ
نہٕ کیٛنہہ گران نہٕ چھُ ہیٛنہٕ یِوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

آکاش یِتھٕ کٕنہٕ سأرِسےٚ ویاپت آسان سۆکھشم آسنہٕ سببہٕ بے لگاو روزان
دِیہہِ مَنٛز أسِتھ آتما چھُنہٕ لِپت سپدان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن اَکی سریہٕ ستی سپدان یِہ سوٗرے بڑٕھمانٛڈ پڑکاشمان
اکھ آتما سوٗرے کھیتر پڑزلاوان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن گونو منٛز ستو گون زان — وِکار روٗس نرِمل تہٕ پرکاشمان
یہٕ سوکھ شانٛتی تہٕ گیانٕہ سٟتؠ میلان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

رجۄ گون راگہٕ روٗپہٕ کامناگران — زیو آتماہس کرمَن منٛز لگاوان
بنِٛیہٕ کرمہٕ پھلٕچ آشا تھاوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تمو گون اگیانٕہ پٮ۪ٹھ وۄپدان — منُش موہ زالس منٛز پھساوان
پرماد آلٕژھ نیٚندر ر اوِ راوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ستو گون سوکھ شانٛتی پژاوِناوان — رجۄ گون سکام کرمَن لگاوان
تمو گون فضوٗل خاٚہشو آوراوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

رج تہٕ تم دبأوِتھ ستوٗ گون بڑان — ست تہٕ تم دبأوِتھ رزو گون ہُران
ست تہٕ رج دٔبِتھ تمو گون وۄتلان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ییٚلہٕ دیہس ییٚندرین تہٕ انتہٕ کرن — گیانُک پرٛکاش چھُ پأدٕ سپدان
زانُن گژِھ تیٚلہٕ ستوگون چھُ بڑان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

رجۄ گون بڑنہٕ سٟتؠ لوٗب بڑان — اَشانٛتی ہوس سکام کرمَن لگان
وِشےٚ بۄگن ہنٛز یژھا پأدٕ سپدان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# ژوداہم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان گیانن منٛز یہِ اُتم گیان    زانِتھ مُکت گیہِ منیشور تہٕ گیانہٕ وان
ہے ارزن ژٕ ےٚ بہٕ ونےٚ تھاو دیان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُمہٕ زون سُہ چھُ میوٚن سرۄپ پراوان    آدِ سرٛشٹی چھُنہٕ پاٗدٕ سپدان
نہٕ پڑے کالہِ ویاکُل سپدان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

میأنی مۄل پرٛکرتی چھِ گرب داران    بہٕ ژیتن رۄپ اَتھ یونی ہیٚر تڑاوان
زڈ تہٕ ژینن میلِتھ زیو پاٗدٕ گژھان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

رَنگہٕ رَنگہٕ شکلہِ جسمہٕ زیو زٕیان    پرٛکرتی ماتا رۄپہٕ گرب داران
بہٕ پِتا رۄپہٕ اتھ ہیٚر تڑاوان    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ستوٗگون رجوٗ گون تہٕ تموٗ گون    یِم ترٛے گون پرٛکرتی نِشہِ ووپدان
یِمےٚ گون زیو آتماہس شریر آوران    وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

چھُ کنُتھ تَس آژار ویژار آسان بێیہِ سُہ کمہِ قٕسمکۍ وۄپاے گران
یمہِ سۄتۍ تریو گونو موکہِ لان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

## شری بھگوان وَنان

بھگوان وَنان ہے ارزن ستوگونک کاریہ رۄپ پرٛکاش آسان
رجۄ گونکۍ صفت پرٛورتی زان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

تمو گونک رۄپ موہ تہٕ دۄکھ آسان یُس یمن پرٛاوِتھ دِے نہٕ گران
نہَ پرٛاونہٕ اچھ کانکھیا تہٕ گران وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

تہٕ زانِتھ چھُنہٕ پریشان سپدان زانان گونے گونن منٛز ورتاوان
پرمہٕ برٛہمس منٛز ڈٲرِتھ روزان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

لگاتار تِم شانت باوٕ روزان چھِ سوکھ دۄکھ زانان یکسان
میٛژ کَنۍ سون رۄپھ ہِوی باسان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

گیاًنی ٹۄٹھ اٹوٹھ ہِوی زانان نێنٛدا تہٕ تعریف زانان سمان
نہٕ کٕنٛہک غم نہَ خوشی آسان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

مان اپمان دوس دُشمن سمان اَبہِ مانہٕ رۄس آسان سُہ کرمہٕ وان
تَس پورُشس گونا تیِت وَنان وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

تموگونہٕ یٔنڈرین ہوش راوان    آلرِ ڑھ نیٖنڈرا پڑماد پأدٕ سپدان
انتہہ کرنن موہ گٹہٕ نال ولان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یٖیلہِ مُنُش ستوگونہٕ وقتہٕ مران    اُتم کرمہٕ وانن ہٕنٛز جاے پڑاوان
سورگ آدِ لوٗکن چھُ پڑاپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ساتوِک پھل سوکھ شانٛتی بیٚیہٕ گیان    راجس پھل دوکھ روٗپی آسان
تامس کرمن ہند پھل صرِف اگیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ستوگونہٕ ستی گیان پأدٕ سپدان    رجوٗ گون بے شک لوٗب بڑان
تموگونہٕ ستی صرف موہ تہٕ اگیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

صرف ترٛین گونن کرتا زان    گونو پٔرٛ ڑھ دوٗر مےٚ پرم برٛہمس وُچھان
یہِ زانن وألی میون سروٗپ پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ شریر پأدٕ کرن وألی یم ترٛے گون    یُس یمن گونن ہُند لگاو ترٛاوان
نیسنہٕ مرنکہٕ دوکھ موکہٕ لِتھ مےٚ پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن دپو ونان

ارزن چھس ونان ہی بھگوان    پورُش رِکتھٕ پأٹھی گون اتیت بنان
چھے تیندی کم کم لکھن آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

چھُ کنُبھ تَس آژار ویڑار آسان بیٚیہِ سٕہ کمہِ قسمکو وہ پاے گران
یمہِ ستیٚ تریو گونو موکہِ لان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

شری بھگوان ونان

بھگوان ونان ہے ارزن ستوگونک کاریہ رۄپ پڑکاش آسان
رجۄ گوٕنکی صفت پڑورتی زان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

تموگونک رۄپ موہ تہٕ دوکھ آسان یُس یمن پڑأوِتھ ڈےٚ تہٕ گران
نہَ پڑاونہٕ اچھ کانکھیا تہِ گران وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

تہِ زأنِتھ چھُنہٕ پریشان سپدان زانان گونے گونن منٛز ورتاوان
پرمہٕ برٛہمس منٛز ڈٲرِتھ روزان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

لگاتار تمہ شانت باوِ روزان چھِ سوکھ دوکھ زانان یکسان
میٚژ کنِۍ سون روپھ ہوی باسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

گیأنی ٹوٹھ اٹوٹھ ہوی زانان نیٚنٛدا تہٕ تعریف زانان سمان
نہٕ کُنٛہک غم نہَ خوشی آسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مان اپمان دوس دُشمن سمان اَبہِ مانہٕ رۆس آسان سُہ کرمہٕ وان
تَس پورُشس گونا تیت ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

تمو گونہِ یُنْدرین ہوش راوان    آلوِھ نیندرا پژماد پأڈِ سپدان
انتہہ کرنن موہ گٹہِ نال ولان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ییٚلہِ مُنُش ستوگونہِ وقتہِ مران    اُتم کرمہِ وانن ہژز جاے پژاوان
سورگ آدِ لۄکن چھُ پژاپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ساتوِک پھل سوکھ شأنتی ییٚہِ گیان    راجس پھل دوکھ رۄپی آسان
تامس کرمن ہنْد پھل صرِف اگیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ستوگونہِ ستی گیان پأڈِ سپدان    رجۄ گون بے شک لۄب بڑان
تموگونہِ ستی صرف موہ تہِ اگیان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

صرف ترین گونن کرتا زان    گونو پُٹھ دۄرے پرم برٛہمس وُچھان
تہِ زانن وأل میون سرۄپ پژاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تہِ شریر پأڈ کرن وأل یم ترے گون    یُس یمن گونن ہُنْد لگاو ترٛاوان
زیٚنہِ مرنٛہ دوکھ موکہِ لِتھ مے پژاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ارزن دہیو ونان

ارزن چھس ونان ہی بھگوان    پورُش رِتھہِ پأٹھی گون اتیت بنان
چھِ تیٚنْدی کم کم لکھن آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

# پنٛدأہم ادھیاے

## شری بھگوان وَنان

یِہِ سمسار رٕوٗپ پیپل کُل آسہٕ ون        مۄل ہیوٚر کُن تہٕ لنگ بوٚن کُن
بڑٕ ہمہ رٕوٗپہٕ لنٛجہِ ویدٕ رٕوٗپہٕ پَن آسان        ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یتھ سمسار رٕوٗپ کُلِس اَوِناشی وَنان        یُس پوٗرُش اَتھ توتہٕ سان زانان
سُہ ویدُک اصل مطلب زانان        ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِہِ سمسار کُل تڑٕیہِ گوٗن رٕوٗپہٕ بڑان        وِشے بوٗگ رٕوٗپہٕ اتھ تھو نیران
دیو مَنُش وغأرٕ یونی آسان        ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یَم یونی رٕوٗپ لنٛجہٕ ہیٚرٕ بون پھألان        منشہٕ لوٗکس واسنایہٕ ہُنٛد مۄل وہران
کرموانُسار موہ ممتایہِ مَنٛز پھسان        ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یمہٕ سمسارٕ کُلُک یُس رٕوٗپ باسان        وِژار کرنہٕ پَتہٕ چھُنہٕ تِتھُ باسان
اتھ نہٕ آدِ انٛت گُنہِ ڈٕنٛجہٕ روزان        ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس بکھتہِ باوِ لگاتار مےٚ سوران　　سُہ ٹھیک پأٹھۍ تژین گوٚنن تار لبان
مےٚ بڑہمس پڑاونس لایق بنان　　وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سُہ اَوِناٗشی پرم بڑہم چھُس بےٚ　　امرت روٗپہٕ سناتن درم چھُس بےٚ
پرم آننڈُک بنڈار مےٚ زان　　وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یہِ زِہو آتما أچھو تہٕ کنو ءتی    نستہٕ أسہٕ تہٕ منہٕ کیو خیالو ءتی
یِہنٛدے مدتہٕ وِشے بۄگ بۄگان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شرِیر تیاگان یا اَتھ منٛز ڈٲرِتھ روزان    وِشے بوگان یا تڑیہ گون ورتان
اگیأنی تہٕ زانان گیأنی زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یتن کرن وألی یۄگی تہٕ گیانہٕ وان    پنہٕ نِس ہڑ دیس ڈٲرِتھ آتماہس روزان
اگیأنی یتن کٔرِتھ تہٕ نہٕ زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سِریک یُس تیز زگت پڑزلاوان    یُس تیز ژنٛدرمس تہٕ اگن آسان
یہِ سورٕے پڑکاش میونٕے زان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پڑتھوی منٛز أژِتھ پنہٕ نہٕ شکتی سان    سأری زِہو پالان پوشان
امرِت مےٚ ژنٛدرمہٕ اوشُدٕ پوٚھران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری زِہو شرِیرن منٛز روزان    پران اپان یٮ۪لہٕ ویشوانر أگن بنان
ژورِ پرکأری اَن چھس شڑپہٕ راوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

انتریأمی رۄپہٕ ہڑدین منٛز بسان    سُمرژ گیانہٕ تہٕ وید زانہٕ یِوان
ویدانت بناوان بےٚ وید زانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ سمسار رۆپی پپل کُل　　موہ ممتا واسنارۆپہ دۆر بلکُل
اتھ وأراگ رۆپی ہتھیار ژٹان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَمہِ پَتہٕ سُہ پرم پد ژھا نڈان　　یۆت گۆژھتھ بێیہِ واپس چھنہٕ یِوان
بھگووانس شرن گِژھ شژ دا یہِ سان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یہُنٛد مُوہ تہٕ مان آسہِ نشٹ گومُت　　آسکتی رۆپہ دوُش آسہِ زیۆنمُت
یِم پرم پژہمس مَنٛز ذٕرِتھ روزان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِمن کامنایہِ پۆٕر نشٹ سپدان　　سوکھ دوکھہِ کیو دُنٛدو مکُت آسان
تِم گیأنی پۆرُش پرم پد پژاوان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سُہ پرم پد میون یژ پژکاشمان　　سِر یہِ ژُنٛدرم چھِنہٕ تیۆت تیزوان
سُو پد پژاۓوِتھ مَنُش زینہٕ مرنہٕ موٕکلان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یَتھ دِہس مَنٛز یہِ زیو آتما زان　　چھُ میونۍ سناتن اَنٛش آسان
پژکرتی ذٕرِتھ منس تہٕ ینٛدرین کھینٛچان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھہِ پأٹھۍ واو پانس ستی مُشک نِوان　　زیو آتماہس تہٕ منس ینٛدرین سان
اکھ شریر تیاگان بێیس مَنٛز زیوان　　وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

# شُراُہم ادھیاے

## شری بھگوان ونان

یُس بے خوف چھُ آسان بێیہِ لیس انتہہ کرن شُد آسان
لگاتار آسہِ میون دِیان داران وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دیش کال ویژاُرِتھ دان دِوان یِنٛدرے تہٕ مَن قوبۆ تھاون
دیوتاہن تہٕ گورجنن آسہِ پۆزان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اگنہٕ ہوتُر تہٕ جان کرم کَران وید شاستر پران تہٕ پرناوان
بھگوت گونن ہُنٛد کیرتن کَران وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن واُنی شرپر کاُنٛسہِ کشٹ نہٕ دِیُن پٔژن تہٕ پرُد ہیۆ زانُن
دوست دُشمن زانُن یکسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

بدس ستہٕ تہٕ نیک ورتاو کرُن مَن شانت تھوُن کرٛۆدی نہٕ سپدُن
کرم کرُنک ترٛاوُن اَبمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سمسارس منز اَوِنأشی تہٕ ناشوان کھیر اکھیر دوہِ پڑکاری پوٗرش آسان
آتما اوِنأشی تہٕ شرپر ناشوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یمن دوہن منز اُتم بیاکھے زان چھُ ترٛین لوٗکن تہٕ سارِنے پالان
تَس اوِنأشِس پرٛمہٕ برٛ ہمہ ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

تِکیٛازِ یہٕ ناشوان زڈ ورگہٕ یڑدوٗر اوِنأشی زیوٗ آتما نِشہٕ پرُ نوٗز
توٗے وپدن منزٕ پرشوتم ونان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس گیأنی مےٚ توتہٕ سان زانان پرشوتم ناوٕ زانہِ مےٚ سُے گیانہٕ وان
سُہ لگاتار مےٚ واسہٕ دیوس بجان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یہِ گیت تہٕ پرُاسرار گیان مےٚ وۆن زانہِ یُس پوٗرش توتہِ سان
چھُ سُہ کرٛتارتھ تہٕ گیانہٕ وان بنان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔



اَسِر ذات آژار ویژار نہٕ زانان    نہٕ نِبرٕم نہٕ أندرٕم شُدی آسان
نہٕ جان چال چلن نہٕ پزٕر آسان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَسُر خصلتھ وألی مَنُش مانان    یہٕ زگت اُپز آسرٕ روس زانان
سورُے پانے بنان کتہٕ چھُ بھگوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ترٕیہٕ پورشہٕ سمبنٛدٕ یہٕ پأدٕ سپدان    کامہٕ وِشے یۆگ کارن بنان
اَمہٕ ورأے بێیہٕ کینٛہہ چھُنہٕ زانان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اگیأنہٕ ستی یِم نشٹ گٔمتی    یِم مۆرکھ چھ یِژ بڑشٹ گٔمتی
زگتکہٕ ناشہٕ خأطرٕ پأدٕ سپدان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مکر فریب گمُنڈ وول اِنسان    نہٕ پورٕ گژھونی کامنا تھاوان
اَپزٕ چالہٕ ہمیشہٕ پانہٕ ناوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بے شُمارٕ فکرن منز گرفتار گژھان    مرنس تام یۆگ یۆگُن یژھان
پتِتے چھُ سوکھ بس یی ونان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یتھ مَنُش ہتہٕ بز آشہٕ تھاوان    کامٕ کرٛودس پھسان یۆگ یۆگان
انیاے کرِتھ دن سومبراوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

منٛز ژٕنٛولتا نہٕ آسِنۍ     کأنسہِ ہنٛز نہٕ زانہہ ہنٛدا کرٕنۍ
سأرِسے زبوٚ ذأژ پٹھ دیاوان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِنٛدرین وِشین ہُنٛد لگاو ترٛاوُن     شاسترس خلاف نہٕ کانٛہہ کار کرُن
فضوٗل تماہ تہٕ خأہش نہٕ تھاوان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تیز کھیٚما باو صبر تہٕ شُدی     بێیِہ نہٕ کأنسہِ ستۍ تھاوِنۍ دُشمنی
نہٕ پنہٕ نہِ بجرُک آسُن اَبِمان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یم چھِ سأری تہنٛدی گون     یم دیو سمپدا ہیتھ گٔژھتی اُتپن
یم سأری تہنٛدلکھین زان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ڈونٛگ گمنٛڈ کروٗد بێیِہ اگیان     تمن پورُش ہێنٛدلکھن آسان
یم اَسُر خصلتھ ہیتھ پأدٕ سپدان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دیو ذات مُکتی ہنٛز وَتھ پڑاوان     اَسُر ذات مُوہ زالہِ ولنہٕ یوان
ہے ارزن ژٕ چھکھ دیو ذأژ اِنسان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یتھ لوکس دوٚیہ پرٛکأری مَنُش آسان     دیو پرکرژ والین ہنٛز سیدی زان
اَسُر خصلتھ وَنے وِستار سان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اُسر ذات آژار ویژار نہٕ زانان    نہَ نبرم نہَ اَندرم شُدی آسان
نہٕ جان چال چلن نہٕ پزر آسان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَسر خصلتھ وأنلی مَنُش مانان    یہٕ زگت اُپز آسر روٗس زانان
سورُے پانے بنان کتہٕ چھُ بھگوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ترٕیہٕ پورشہٕ سمبنٛدٕ یہٕ پأدٕ سپدان    کامہٕ وِشے بۄگ کارن بنان
اَمہِ ورأے بێیہِ کینٛہہ چھُنہٕ زانان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اگیأنہٕ ستی یم نشٹ گمتی    یم مۄرکھ چھ یژ برشٹ گمتی
زگتکہٕ ناشہٕ خاطرٕ پأدٕ سپدان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مخر فریب گُمنٛڈ وول انسان    نہَ پورٕ گژھونٕ کامنا تھاوان
اَپزٕ چالہٕ ہمیشہٕ پانہٕ ناوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بے شُمار فکرن منٛز گرفتار گژھان    مرنس تام بۄگ بۄگن یژھان
یِتے چھُ سوکھ بس یِی ونان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُتھ مَنُش ہتہٕ بزٕ آشہٕ تھاوان    کام کرٛودس پھسان بۄگ بۄگان
انیاے گرِتھ دن سومبراوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مٕنٛج ژھٕولتا نہٕ آسُن کأنسہِ ہنٛز نہٕ زانٛہہ ہِنٛدا کرِنؠ
سأرِسے زٕہو ذأژ پیٹھ دیاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یٔندرین وِشٕین ہُنٛد لگاو ترٛاوُن شاسترس خلاف نہٕ کانٛہہ کار کرُن
فضوٗل تماہ تہٕ خأہش نہٕ تھاوان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

تیز کھیٚما باو صبر تہِ شُدی بٔیِہ نہٕ کأنسہِ ستیٚ تھاوِنؠ دُشمنی
نہٕ پنہٕ نہِ بجرُک آسُن اَبھِمان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یِم چھِ سأری تھٔندی گون یِم دٕہو سمپدا ہیتھ گٔمتیٚ اُتپن
یِم سأری تِہٕنٛد لکھین زان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ڈوٗنگ گمُنٛڈ کرُوٗد بٔیِہ اگیان تِمن پورُش ہیٚنٛد لکھن آسان
یِم اَسُر خصلتھ ہیتھ پأدٕ سپدان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دٕہو ذات مُکتی ہنٛز وَتھ ہٕزاوان اسُر ذات مُوہ زالہٕ ولنہٕ یِوان
ہے ارزن ژٕ چھُکھ دٕہو ذأژ اِنسان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَتھ لوٗکس دوٚیہٕ پرٛکأری مَنُش آسان دٕہو پرٛکرژ والین ہنٛز سیدی زان
اسُر خصلتھ وَنے وِستار سان وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھ مۆرکھ مےٚ زاٹھہ چھِنہٕ پڑاوان  زنمہٕ زنمہٕ اسریوٗنی پڑاپٹت سپدان
اٰخر گور نرکس چھِ گژھان  وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

کام کرژٕ دلوٗب چھُ بوزناش گران  یُمے تژٕ درواز نرٕککی زان
مےٚ پڑاوان سُے یُس یَمن تیاگان  وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن یُس یَمن ترٛنہٕ وِنی زینن  سُہ پنہٕ نہِ کلیانٕچ وَتھ گارن
پرم پدلبان تہٕ مےٚ پڑاپت سپدان  وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پوٗرش شاستر وِدی ترٛاوان  پنہٕ نہِ یژھایہٕ مَن مأنی گران
سُہ سیدی سوکھ تہٕ برٛہم پاوان  وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ژٕ کرتویہِ تہٕ اکرتویہِ کرم زان  یَمن ہُنٛد صرف شاستر پڑمان مان
شاستر ویِز روزکرم گران  وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔



صِرف سونچان کرِکوٗت حأصِل    باقی منورَتھ تہِ پوٗرٕ کرٕ بِلکُل
دوٗلتھ ہِتھ کِنۍ چھِ زیادٕ بڑان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اَکھ دُشمن موٗرُم باقی تہِ مارکھ    بہٕ ایشور چھُس مےٚ عیش کرنُک حق
مےٚ سیدی تہٕ سوکھ چھُم چھُس بلوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

چھُس دنہٕ وان کوٗٹمبٔ وول    مےٚ ہِوٲے چھُنہٕ کانٛہہ آسن وول
بہٕ ییٚگنۍ کرٕ بیٚیہٕ دِمہٕ سبٹھا دان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اگیأنہٕ ستۍ سوٗنچان روزان    وِشے بوٗگن منٛز پھٔسِتھ روزان
پتھی مَنُش کرٕوٗٹھ نرکھ بوٗگان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پأنۍ پانس سریشٹھ مانن وألی    گمُنٛڈی مَنُش مانہٕ مدٕ متوألی
پاکھنٛڈی ویٚز روٗس ییٚگنۍ کران    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم اہنٛکار بلہٕ تہٕ کروٗدٕ برِتھ    پنہٕ نٕمن تہٕ دویٚمن دٔہ منٛز دٔرِتھ
مےٚ انتریأمیس ستۍ دِی تھاوان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یِمن دِی تھاوان والِمن پأپین    آٚژارٕ روٗستمن کوکر مِہن
اسر یوٗنی چھکھ بار بار میلان    وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یتھ مؤرکھ مےٚ زانٛہہ چھنہٕ پڑاوان — زنمہٕ زنمہٕ اسریؤنی پڑاپٹت سپدان
أخر گور نرکس چھِ گڑھان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کام کرٛؤد لوٗب چھُ یوزناش گران — یِمے تڑی درواز نرکٕکی زان
مےٚ پڑاوان سُے یُس یِمن تیاگان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن یُس یِمن ترٛنہٕ وِنی زینن — سُہ پننہٕ نہِ کلیانٕچ وَتھ گارن
پرم پدلبان تہٕ مےٚ پڑاپت سپدان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس پورُش شاستر وِدی ترٛاوان — پننہٕ نہِ یڑھایہٕ مَن مأنی گران
سُہ سیدی سوکھ تہٕ بڑہم پاوان — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ کرتویہٕ تہٕ اکرتویہٕ کرم زان — یِمن ہُندصرف شاستر پڑمان مان
شاستر ویٖز روزکرم گران — وۄن بھگوانن گیتا گیان۔



صِرف سوٗنچان کرِکوٗت حاصِل     باقی منورَتھ تہٕ پوٗرٕ کرِ بِلکُل
دولتھ کِتھٕ کٕنٛز چھِ زیادٕ بڑان     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

اَکھ دُشمن موٗرُم باقی تہٕ مارکھ     بہٕ ایشور چھُس مےٚ عیش کرُنک حق
مےٚ سیدی تہٕ سوکھ چھُم چھُس بلوان     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

چھُس دنہٕ وان کوٗٹمبٕ وول     مےٚ سِوأے چھُنہٕ کانٛہہ آسن وول
بہٕ یگنٕ کرِ بیٚیہٕ دِمہٕ سبٹھا دان     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

اگیأنہٕ ستیٚ سوٚنچان روزان     وِشے بوٗگن منٛز پھٔسِتھ روزان
تِتھی مَنُش کرٛوٗٹھ نرَکھ بوٗگان     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

پأنٛی پانس سریشٹھ مانن وأل     گمُنٛڈی مَنُش مانہٕ مدٕ متوأل
پاکھنٛڈی ویٖز روٚس یگنٕ کران     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِم اہنٛکار بلہٕ تہٕ کرۄدٕ برِتھ     پنٕنہٕ نفس تہٕ دوٚیمن دٔہ منٛز دٕرِتھ
مےٚ انتریأمِیس ستیٚ دِی تھاوان     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یِمن دِی تھاوان وألِن پأپین     آزار روٚستِمن کوکر مِمن
اسر یوٗنی چھکھ بار بار میلانٛ     وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یتھ موٚرکھ مےٚ زاٹھہ چھِنہٕ پڑاوان    زنمہٕ زنمہٕ اسریوٚنی پڑاپٹ سپدان
اٚخر گور نرکس چھِ گژھان    ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

کام کرٚدٕ دلوٗب چھُ بوزناش کران    یُمے تژٕ درواز نرٕککی زان
مےٚ پڑاوان سُے یُس یمن تیاگان    ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن یُس یمن تژنہٕ وِنٕ زینن    سُہ پننہٕ نہِ کلیانٕچ وَتھ گارن
پرم پدلبان تہٕ مےٚ پڑاپت سپدان    ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پورُش شاستر وِدی تژاوان    پننہٕ نہِ یژھایہٕ مَن مأنی کران
سُہ سیدی سوکھ تہٕ بژہم پاوان    ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

ژٕ کرتویہٕ تہٕ اکرتویہٕ کرم زان    یمن ہُنٛد صرف شاستر پژمان مان
شاستر ویِز روزکرم کران    ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

صِرف سوٗنچان کرٕکوٚت حاصِل باقی منورَتھ تہٕ پوٗرٕ کرٕ بِلکُل
دولتھ کِتھٕ کٔنز چھِ زیادٕ بڑان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

اَکھ دُشمن مورُم باقی تہٕ مارکھ بہٕ ایشور چھُس مےٚ عیش کرُنک حق
مےٚ سیدی تہٕ سوکھ چھُم چھُس بلوان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

چھُس دنہٕ وان کوٹُمبٕ وول مےٚ سِوأے چھُنہٕ کانٛہہ آسن وول
بہٕ یگیٖہ کرٕ بیٚیہٕ دِمہٕ سبٹھا دان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

اگیانٕہ ستی سوٗنچان روزان وِشے بوٗگن مَنز پھٔسِتھ روزان
یِتھی مَنُش کرٕوٚتھ نرکھ بوٗگان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پاٗنٛ پانس سریشٹھ مانن وألی گھمنڈی مَنُش مانٕہ مدٕ متوألی
پاکھنڈی ویز روٗس یگیٖہ کران وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یِم اہنکار بلہٕ تہٕ کرۄدٕ برِتھ پنٕہ تَنَن تہٕ دوئیمَن دٕہ مَنز دِرتھ
مےٚ انتر یامیس ستی دِی تھاوان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یِمَن دِی تھاوان والیٚن پأپیٖن آژارٕ روٚستیٚن کوکر میٚن
اسر یوٗنی چھکھ بار بار میلان وۄن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یَم مَنُش شاستر وِدٕہی تژاوان   منچہٕ کلپنایہِ سٕخ تپسیا کَران
مخرابِمان تہٕ کامنا تھاوان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یَم شرپر رۄپہٕ دٔرِتھ سارِنے زٕہون   انتہٕ کرنن مَنٛز مےٚ کشٹ دِوان
تِم اگیأنی اَسُر سوباوِ آسان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

بۄزن تہِ تژیہِ پژکأری ٹوٹھ آسان   تژیہِ قِسمہٕ آسان تپ یگٔیٚنی دأن
یہٕ بوٕن بوٕن وَنے وِستارِ سان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

آے عقل بل صحت بڑاون وألی   رَسلِہ، پشِلی دریر تھاون وألی
یہِ کھن ساتِوک پورُشن ٹوٹھ آسان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ٹیٚٹھی، ژۆکی، گرم تہٕ تژوشی آسن وألی   دوکھ دِوان تہٕ روگن بڑاون وألی
راجس مَنُشن یہٕ بۄزُن ٹھیک لگان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اپۆک، خوشکھ رَسہٕ رۆس بدبۄ وول   ژھیۆٹ ناپاک ہنٛدُر یہٕ یژکول
تامسی پورُشن چھُ مۄٹھ باسان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

شاسترٕ ویٚز سان یگٕنٛی کَران   کرتو زأنِتھ کُرن پھل نہٕ یژھان
سوکھ دِنہٕ وول یہِ ساتِوکی یگٕنٛی زانان   وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

# سدٲہم ادھیاے

## ارزن دٕپو ونان

ارزن دٕپو شری بھگوانس پرٛژھان    یِم مَنُش شاسترٕ وِدی ترٛاوان
شردا یِہ سان دٕپو آدِ دٕپوس بجان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یرِٛھ شرٛدایِہ ہُنٛد کٲیا چھُ مہِما    یِہ ساتِوک راجس یا تامسی چھا
ترٛیو منٛزٕ کُس گَمہِ پرٛکاری آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

## شری بھگوان ونان

بھگوان ونان یِم شاسترٕ وِدی ترٛاوان    صرف پنٕہٕ نٕہِ سوباوٕ شردا تھوان
یِہ ست رج تم ترٛیِہ پرٛکاری آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے بھارت شرٛدا سارِنے مَنُشن    یِہنٛدیو انتٕہ کرنو کنٕہ آسن
شرٛدا مےٚ پورشس ترٛیِھ شرٛدا آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ساتِوک پورُش دٕپون چھُ پۆزان    راجس یکھشن راکھشن سُران
تامسی بۆتن پرٛیتن پۆزا گران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَس تپ مۆرکھ گران ہٹھٕ سان          مَن وأنی شریٖرج پیڑا زران
بَیین کشٹ دِبن تامس تپ زان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دان دیُن چھُ کرتوۍ آسان          دیش کال تہٕ پاترٕ وُچھِتھ دِبن جان
سُے دان چھُ ساتوِک مانٕنہٕ یِوان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس دان ستکارٕ روٚس سختی سان          پھل تہٕ مطلب مدِنظر تھاوان
تنُبتھ دان کرُن راجس زان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس دان زۆرٕ زیادتی بے عزتی سان          کوٚ سمے کو پاترس دِنہٕ چھُ یِوان
سُہ دان ژٕ تموگن روٗپہٕ زان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

اوم تت ست ترٛیہٕ پرٛکأری زان          ست چِت آننٛد گن برٛہمہٕ ناو آسان
یمہٕ وے وید برٛہمن یگنٕژ پرٛکٹھسان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

وید زانن وأنی سریشٹھ اِنسان          شناستر ویٖر گران تپ یگنٕژ تہٕ دان
ییٚہٕ اوٚم ناوٕ ستی شورُو سپدان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

تت ناوٕ دیہٕ سُنٛد ییٚہٕ سورُے زان          پھل نہٕ یُژھتھ کر تپ یگنٕژ دان
ییٚہٕ کرِیا کرِتھ مُنُش یژھان کلیان          وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

مگر یُس یگنہٕ پاکھنڈ سان   پھل مدِ نظر تھاوِتھ کرنہٕ یِوان
اَتھ یگنس راجس یگنہٕ وَنان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شاستر ویٚز روٚس تہٕ شردایہِ سِوآے   منترو روٚس تہٕ دکھشنایہِ ورآے
یہٕ کرُن چھُ تامس یگنہٕ آسان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دیوَن برٛہمنن گوٚروٕ جنٛمن سیوا   سیزر پزر برٛہمہٕ چاریہٕ تہٕ اہنسا
یم سأری شریر سمبندی تپ زان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

وأر نہٕ تھاوُن پزٕیہ وُن بولُن   وید شاستر پرُن تہٕ دیہِ ناو سورُن
اَتھِ وأنی سمبند تپ چھِ وَنان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن خوش تھَوُن شانت باوٕ روزُن   شُدھ انتہٕ کرن مَن وش تھاوُن
بھگوت دیان کرُن منگ تپ زان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پھل نہٕ یژھن وألی یوٗگی جن   شرٛدایہِ سان اَتھ پیٹھ دٕرِتھ روزان
یہِ ترٛیہِ پرٛکأری تپ ساتوِک زان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس تپ عزت تہٕ مان پزاونہٕ باپتھ   پاکھنڈ سان کران کیٚنٛہہ مطلب ہیتھ
ناشہِ وان پھلہٕ وول تپ راجس زان   وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یَس تپ مۆرکھ گران ہٹھٕ سان مَن وأنی شرٕرج پرڑا زران
بَیین کشٹ دٕبُن تامس تپ زان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

دان دیُن چھُ کرتویہِ آسان دیش کال تہٕ پاترٕ وُچھِتھ دٕبُن جان
سُے دان چھُ ساتوِک مانۍٕ یِوان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس دان ستکارٕ رۆس سختی سان پھل تہٕ مطلب مدِنظر تھاوان
تتھ دان کرُن راجس زان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس دان زۆرٕ زیادتی بے عزتی سان کۆسمَے کوپاترس دِنہٕ چھُ یِوان
سُہ دان ژٕ تموگن رۆپہٕ زان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

اوم تت ست ترٛیہِ پرٛکأری زان ست چت آنند گن برٛہمہٕ ناو آسان
یمہٕ وے وید برٛہمن یگنٕ پرٛکٹھسان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

وید زانن وألی سریشٹھ اِنسان شناستر ویٔر گران تپ یگنٕ تہٕ دان
یہٕ اۆم ناوٕ ہتی شورۆ سپدان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

تت ناوٕ دیہِ سُنٛد یہٕ سورُے زان پھل نہٕ یٔژھتھ کر تپ یگنٕ دان
یہِ کرِیا کٔرِتھ مَنُش یژھان کلیان وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

مگر یُس یگنٕہ پاکھنڑ سان    پھل مدِ نظر تھٲوِتھ کرنہٕ یِوان
اَتھ یگنس راجس یگنٕہ ونان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

شاستر ویٗز رۆس تہٕ شردایہِ سِوٲے    منترو رۆس تہٕ دکھشنایہِ ورٲے
یہٕ کرُن چھُ تامس یگنٕہ آسان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

دیٖون برٛہمنن گۆرۄجنن سِیوا    سیٖزر پزر برٛہمہٕ چاریہٕ تہٕ اہنسا
یِم سٲری شریٖر سمبنٛدی تپ زان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

وٲر نہٕ تھاوُن پزیہٕ وُن بوٗلُن    ویٖد شاستر پرُن تہٕ دیہِ ناو سورُن
اَتھِ وٲنی سمبنٛد تپ چھِ ونان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

مَن خوش تھَوُن شانت باوٕ روزُن    شُدھ انتہٕ کرن مَن وش تھاوُن
بھگوت دیان کرُن منُک تپ زان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

پھل نہٕ یژھن وٲلی یۄگی جن    شرٛدایہِ سان اَتھ پیٹھ دٕرِتھ روزان
یہِ ترٛیہِ پرٛکٲری تپ ساتِوک زان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یُس تپ عزت تہٕ مان پزاونہٕ باپتھ    پاکھنڑ سان کَران کینٛہہ مطلب ہیٚتھ
ناشہِ وان پھلہٕ وول تپ راجس زان    وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

## اردآہم ادھیاے

### ارزن دیو ونان

ارزن چھُ ونان ہی بھگوان    یہِ سنیاس تہٕ بیٚیہِ تیاگ توتہٕ سان
بوٚن بوٚن زانُن چھُس بہٕ یژھان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

### شری بھگوان ونان

بھگوان ونان چھُس کینٛہہ پنڈت جن    کامہِ کرم تیاگُن سنیاس زانان
دوٚیم کرمہٕ پھل تیاگنس تیاگ ونان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ترٛی پوٚتھر دن آدِ پزاونہٕ باپتھ    بیٚیہِ روٗگ تہٕ سنکٹ دوٗر کرنہٕ باپتھ
یگیٖہٕ تپ زپ یم کرٕم گران    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ایشور بُھگتی تہِ دیوتاہن پوٗزا    ماتا پِتا گورجنن ہنٛز سیوا
یگیٖہٕ تپ دان کرن ورنہٕ انُسار    شرٛیر نرواپوٚژھی کھن وارٕ کار
یہہ لوکُکی تہٕ پرٕ لوٗکُکی یم کرم زان    یُمی ناوٕ سأری کرم پھل تیاگن زان
کینٛہہ وِدوان کرم دوٗشہٕ لد مانان    یم سأری تیاگُن لایق زانان
کینٛہہ تپ دان یگیٖہٕ تیاگُن نہَ مانان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ست رُٔپہٕ پرماتما سُنٛد ناو زان سریشٹھ تہٕ ست کرمن کُن لاگان
اُتم کرِیا ٕستی ناوِ ورتاوان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

یگنٕ تپ دانٕچ پرٛورتھ ست آسُن پرماتما ٕسنٛدِ نأوی کرم تہٕ ست آسُن
وِشواس تھاون ست مانٕنہٕ یِوان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

ہے ارزن شردایہِ رۆس کرم کرُن تپ زپ کرُن تہٕ بێیہِ دان دیُن
یہِ سورٕے است تہٕ لابہٕ روس زان وۆن بھگوانن گیٖتا گیان۔

کرمن ہنٛزِ سیٚدی ہنٛدی پاَنٛژھ کارن     یِم کرمن انتہٕ کرنٕک وو پاے بنن
سانکھیہ شاسترن وٕنی ئتھ زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

کرمن ہنٛز سیٚدی مٔنز اَدِشٹھان     بیٚیہِ کرتا تہٕ بوٚن بوٚن کرن آسان
نانا پٔرکاَری یٔژھا یہِ اکھ دیوزان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

مَنُش مَن واَنی تہٕ شریٖر ئتھ     شاستر موٗجب یا اتھ ویٚپرِیتھ
کرم کرِنکی پاَنٛژھ کارن زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یہِ اَسِتھ تہِ یُس مَنُش موٗڈ آسان     سُہ شُد آتماہس کرتا زانان
یہِ اگیاَنی چھُنہٕ اصلیتھ زانان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

بہٕ کرن چھُس یہِ اَہم یُس نہٕ آسان     سُہ سمساَری ویشین تہٕ کرمن پھسان
سُہ سارِنے ماَرِتھ تہِ نہٕ کانٛہہ ماران     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

گیِتا گیان تہِ ترٛیہِ پٔرکاَری آسان     یِم کرم کرِنچ پٔریرنا دِوان
کرتا، کارن، کریا کرم سنگرٛہ زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

گُون گنٛزرن واَلی شاسترٕ چھِ ونان     گیان، کرِیا، کرم ترٛیہِ پٔرکاَری آسان
یِم ساَری مےٚ نِشہِ بوز تھو دیان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یگنٛہ دان تپ کرُن کرتویہ مان    یِم تیاگنٛہ لایق چھِنہٕ آسان
یِم مَنُش پوٚنٛز کرُن وألۍ زان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یگنٛہ تپ دان ضوٚرۄری زان    بے غرض تہٕ نِشکام کرِنۍ آسان
یہِ نِشچے کوٚرمُت مٮ۪ون مت زان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ناکارٕ تہٕ کامہِ کرم چھُنہٕ جان    سو کرمن ہُنٛد تیاگ لأزِم نہٕ زان
موہ وش تیاگن تامس زان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری کرم چھِ دوکھ رۄپ آسان    پنہٕ نہٕ کشٹہٕ خاطرٕ یِم چھِ تیاگان
اَتھ تیاگس چھِ ساتوِک تیاگ ونان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یِم شاستر ویٚز سأری کرم کران    بیٚیہٕ یِمن کرمن ہُنٛد پھل تہٕ تیاگان
تِم تیاگی بے شک چھِ بوزوان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

تِکیٚازِ مَنُش دیہہ دأری أستھ    سأری کرم کرِنۍ ہیکہٕ نہٕ تیاگِتھ
کرمہٕ پھل تیاگِتھ چھُ تیأگی بنان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کرمہٕ پھل نہٕ تیاگن وول اِنسان    مرنہٕ پتہٕ تہٕ نیک بد پھل پرٛاوان
کرمہٕ پھل تیاگن مَنُش موکہٕ لان    وٚن بھگوانن گیتا گیان۔

کاریہِ سید گرٛھنس پیٹھ نہٕ توشان     نہٕ اسید گرٛھنس پچھتاوان
وِکارٕ روٚس سُہ ساتوک ونہٕ پِوان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس کرمہٕ پھل یژھان لالچی آسان     دوٚیمبن کشٹ دِوان بدکار اِنسان
سُہ کرتا راجس مانہٕ پِوان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس کرتا مُڈٕ موٗرکھ نادان     بَین ہُنٛد روزگار نشٹ گران
دِیہٕ وُن آلژھ لد سُہ تامسی زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن بُدی تہٕ وژتی زان     گونو کنٕز تہِ ترٛیہِ پرٛکاری آسان
پوٗز پاٹھی الگ لاگ ونے تھو دِیان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

پرٛورتی تہٕ نورتی مارگ یُس زانن     کرم اکرم مُکھتی تہٕ بنٛدھن
بَے ابَے ہیوٗ سو بود ساتوِک زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

مَنُش یمہِ بوز دٕرم ادٕرم نہٕ زانن     نہٕ کرتویہِ اکرتویہِ سہی مانن
ہے ارزن سو بود ژٕ راجس زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یوسہٕ عقل ادرمس درم مانان     یتھَے پاٹھی سأری چیز اُلٹہ باسان
سو عقل پوٗرٕ پاٹھی تامس زان     ووٚن بھگوانن گیِتا گیان۔

یمہٕ گیانہٕ مَنُش بۄن بۄن زیون
سُہ گیان چھُ ساتوِک ونہٕ یِوان
اَکہ سے برٛہمس منٛز سم باوٕ وُچھن
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مگر یمہٕ گیانہٕ مَنُش سارِنے زیون
تتھ گیانس چھِ راجس گیان ونان
قِسمہٕ قِسمہٕ باوٕ الگ الگ ڈیٛشن
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اَکِس شرٕیرس لوگ روزُن
سُہ گیان تُچھ تہٕ تامس آسان
یکتی روٗس تہٕ بے مطلب آسُن
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم کرِشاستر ویٛز سان
راگہٕ دُویشہٕ کرن ساتوِک زان
نہٕ کرنُک ابمان نہٕ پھل کانٛچھان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم سبٹھا دُشوار آسان
سُہ کرم کرُن راجس زان
پھل یژھن وول آسہٕ یژھان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم انجام ہِنسا تہٕ نوقصان
سُہ محض اگیان تہٕ تامس زان
ہێیہٕ سامرتھ نہٕ ویژأرِتھ کرنہٕ یِوان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرتا بنٛدنہٕ روٗس آسان
سُہ صأبرِ تہٕ اُتساہ وول آسان
نہٕ کیٛہہ سان کتھ باتھ گران
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

کارِ یہِ سید گژھنس پیٹھ نہٕ توشان نہٕ اسید گژھنس پچھتاوان
وِکارٕ روٗس سُہ ساتوک ونہٕ یِوان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرمہٕ پھل یژھان لالچی آسان دوٚیمین کشٹ دِوان بدکار اِنسان
سُہ کرتا راجس مانیہٕ یِوان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرتا مُڑٕ موٗرکھ نادان بَین ہُنٛد روزگار نشٹ گران
دٕ یہٕ وُن آلژھ لد سُہ تامسی زان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن بُدی تہٕ وژتی زان گونو کنٛز تہٕ تژیہٕ پژکاری آسان
پوٗز پأٹھی الگ لاگ ونے تھو دِیان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

پژورتی تہٕ نورتی مارگ یُس زانن کرم اکرم مُکھتی تہٕ بنٛدھن
بَے ابَے ہیوٚ سو بود ساتِوک زان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

مَنُش یمہِ بوز دٕرم ادٕرم نہٕ زانن نہٕ کرتویہِ اکرتویہِ سہی مانن
ہے ارزن سو بود ژٕ راجس زان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

یوسہٕ عقل ادرمس درم مانان تِتھے پأٹھی سأری چیز اُلٹہ باسان
سو عقل پوٗرٕ پأٹھی تامس زان ووٗن بھگوانن گیتا گیان۔

یمہٕ گیانہٕ مَنُش بوٚن بوٚن زیوٗن     أکی سے برٛہمس مَنٛز سم باوٕ وُچھن
سُہ گیان چھُ ساتوِک ونہٕ یِوان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

مگر یمہٕ گیانہٕ مَنُش سارِنٕے زیوٗن     ۂسمہٕ ۂسمہٕ باوٕ الگ الگ ڈیٚشن
تَتھ گیانس چھِ راجس گیان ونان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

أکِس شۍ پرس لوگ روزُن     یِکتی روٚس تہٕ بے مطلب آسُن
سُہ گیان تُچھ تہٕ تامس آسان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم کرِ شاستر وِیٛز سان     نہٕ کرنُک ابمان نہَ پھل کانٛچھان
راگہٕ دُویشہٕ کرن ساتوِک زان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم سبٹھا دُشوار آسان     پھل یژھن وول آسہٕ یژھان
سُہ کرم کرُن راجس زان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرم انجام ہِنسا تہٕ نوقصان     بێیہٕ سامرتھ نہٕ ویژأرِتھ کرنہٕ یِوان
سُہ محض اگیان تہٕ تامس زان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس کرتا بنٛدنہٕ روٚس آسان     نہَ رِکبہٕ سان کتھ باتھ گران
سُہ صأبرِ تہٕ اُتساہ وول آسان     ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

بڑہمنن کیٚھتربن ویشن تہٕ شۆدرن　　کرم یِہنٛد سوباو ستی اُتپن
گونو مۆجِب گمٕتی مقرر زان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

دۄیمن ہِنٛدی اپراد کھیٚما کَران　　وید شاستر پرن تہٕ پرناوان
یَم بڑہمنہٕ سٕنٛدِ سوباوکی کرم زان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

شۆر ویر تیز وان چلاک آسُن　　جنگہٕ منٛز نہٕ ژلُن بیٚیہٕ دان دیُن
خُودی صبر کیٚھترے سٕنٛدی کرم زان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

زمیٖنٛدأری ،گوَپالن تہٕ پوزکارٕ بار　　یہٕ چھُ ویشہِ سٕنٛدِ سوباوُک ویوٗہار
سیوا باو چنٛڈالہِ سُنٛد کرم زان　　وۄن بھگوانُن گیِتا گیان۔

پنہٕ نہٕ پنہٕ نہٕ سوباو یَم کرم گران　　بھگوت پرٛاپتی روٗپ سیدی پرٛاوان
بۆز سُہ سیدی کتھہٕ پأٹھی پرٛاوان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یَم دَین سأری زپو گری اُتپن　　یِہنٛدِ ستی سورُے زگت ویاپت آسان
سوباو کہِ ذرمہٕ نہٕ پاپ پرٛاوان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

جان پردرمہٕ نِشہِ گژھ درٕم پنُن　　گونو روٗس تہِ أستھ سریشٹھ مانُن
سوباوکہِ درمہٕ نہٕ پاپ پرٛاوان　　وۄن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس مَنُش دیانہٕ یۆگہٕ ستہٕ مَن پڑان     نہٕ یینٛدرین ہنٛز کریایہِ دارن گران
سو وژتی یعنی دارنا ساتوِک زان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس مَنُش پھلیچ یڑھا تھاأوِتھ     دٕرم ارٕتھ کامس لوگ روزِتھ
سو دارنا شکتی راجس زان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ دارنا شکتی مۆرکھ اِنسان     نِنٛدٕر، آلُشھ، دوکھ تہٕ بےَ پڑاوان
سو دارنا شکتی تامس زان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن سوکھ تژیہِ پڑکأری آسان     یُتھ سوکھس منٛز مَنُش کرِ دٕرم دیان
سیوا باوٕ دوکھن نشٹ گران     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ییُتھ سوکھ گوڈٕ گوڈٕ زہر باسان     مگر امرٛت امیُک انٛجام آسان
یہِ پرم سوکھ پڑاوان ساتوِک زان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس سوکھ یینٛدرے وِشے میلان     یۆگنہٕ وِزِ امرٛت پتہٕ زہر آسان
سہٕ سوکھ چھُ تامس وننہٕ یِوان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

پرٛتھوی سورگس منٛز تہِ دیوتاہن     یمو علاوٕ تہِ کانٛہہ رژھ نہٕ آسن
پڑکرژ ہِنٛدی تژے گون یَتہِ نہٕ آسان     وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سُہ کرمہٕ یوٗگی مےٚ پراین سپدِتھ     یٚیہِ سأری کرم ہمیشہٕ کرِتھ
میأنہِ دیایہِ چھُ میأنی پرم پد پڑاوان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری کرم مےٚ منہٕ کنۍ ارپن کر     سمتو بوز یوٗگہٕ مےٚ پان پُشر
نشچےٚ کرِتھ دار موٚن دیان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھٕ پأٹھی مےٚ منٛز یِیلہِ من لاگکھ     اہنکار تڑاوکھ میأنی وچن بوٗزکھ
نہَ بوزنہٕ نشٹ گڑھکھ تھاو دیان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اگر اہنکار کنۍ ژےٚ چھےٚ خیال     بہٕ یُد کرٕنہٕ چھُ اتھ پیٹھ دُرن محال
چون سوٗباو ژےٚ یُد کرٕنا وأنۍ     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن ژٕ موہ کنۍ چھکھ نہٕ یژھان     ژہ سوباوٕ کرم کرناوان
کرمہٕ بنٛدن چھُ زورٕ کرٕ ناوان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شرٕیر روٗپی ژکرٕ سارِنےٚ زیون     پڑم برٛہم کرمو انُسار پھیرٕناوان
سُہ سارِنےٚ ییٚندرین ہرٛ دین منٛز روزان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ پرٕتھ رنگہٕ تسٕنہٕ منٛہٕ ہے ارزن     تمۍ سےٚ پرم برٛہمس روز شرن
تہنٛز کرٕ پایہِ پڑاوکھ ژٕ پرم ستھان     وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دۄشی أستھ تہٕ سوکرم نہٕ تیاگنٕز
یتھ پأٹھی دٕہ أگنس ستیٚ ستیٚ آسان
سأری کرٕم چھہٕ کُنہٕ دۄشہٕ کنٕز
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس مَنُش بے لگاو چھُ آسان
سانکھہٕ یوٗگہٕ نِش کرمہٕ سیدی پڑاوان
یٚمی انتہہ کرن زٕنٕہ ہتی آسن
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

گیانہٕ یوٗگٕچ یوسہٕ ستِتھی آسان
ہے ارزن بوز ونے ژھوجرٕ سان
یمہٕ سیٚدی مَنُش برٕہمس پڑاوان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سوم تہٕ ساتوِک بوٗزن کرن وألی
انتہہ کرن تہٕ بود شُد تھاوان
ایکانت شُد جایہٕ روزن وألی
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن وأنی شریر وش تھاوُن
راگ دٕ ے ترٔأوِتھ وأراگ پڑاوان
کام کرۄد لۄب اہنکار ترٔاوُن
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنے زیٖون سمان زانان
سُہ پرابھکتی چھُ پڑاپت سپدان
نہٕ کُنٕہ غم نہٕ یژھا تھاوان
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پرابھکتی ستیٚ مےٚ برٕہمس زأنتھ
أمی تتو گیانہٕ مےٚ مَنٕز لے سپدان
تہٕ ییٚ چھس ییتھ چھس ییٚ توت مأنتھ
وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سُہ کرمہٕ یۄگی مےٚ پراین سپدِتھ       بێیہٕ سأری کرم ہمیشہٕ کرِتھ
میأنہِ دیایہِ چھُ میأنی پرم پد پڑاوان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری کرم مےٚ منہٕ کنِز ارپن کر       سمتو بوز یۄگہٕ مےٚ پان پتھر
نشچے کرِتھ دار موٗن دیان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یِتھہٕ پأٹھی مےٚ منٛز ییٚلہِ من لاگکھ       اہنٛکار تڑاوکھ میأنی وچن بۄزکھ
نہٕ بوزنہٕ نشٹ گژھکھ تھاو دیان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اگر اہنٛکار کنِز ژےٚ چھُے خیال       بہٕ یُد کرنہٕ چھُ اتھ پێٹھ درُن محال
چون سوباو ژےٚ یُد کرنا وانٛ       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن ژٕ موہ کنِز چھُکھ نہٕ یژھان       ژہ سوباوٕ کرم کرناوان
کرمہٕ بنٛدن چھُ زورٕ کرٕ ناوان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

شرٕیر رۄپی ژکرٕ سارِنٕے زیون       پرٛم برٛہم کرمو انُسار پھیرٕناوان
سُہ سارِنٕے ینٛدرین ہرٛ دین منٛز روزان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

ژٕ پرٛتھ رنگہٕ تنہٕ منہٕ ہے ارزن       تٔمی سےٕ پرم برٛہمس روز شرن
تہنٛز کرٛ پایہِ پڑاوکھ ژٕ پرم ستھان       وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

دۄشی أسِتھ تہٕ سوکرم نہٕ تیاگنہٕ    سأری کرم چھِ کُنہٕ دۄشہٕ کنہٕ
یتھٕ پأٹھۍ دِہ أگنس ستۍ ستۍ آسان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس مَنُش بے لگاو چھُ آسان    ئمۍ انتہہ کرن زٕنۍ ستۍ آسن
سانکھ یۄگہٕ نِش کرمہٕ سیدی پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

گیانہٕ یۄگچ یوسہ ستِتھی آسان    یمہٕ سیٚدی مَنُش بڑہمس پڑاوان
ہے ارزن بوز ونۍ ژھوجرٕ سان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سوم تہٕ ساتوِک بۄزن کرن وألی    ایکانت شُد جایہٕ روزن وألی
انتہہ کرن تہٕ بود شُد تھاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

مَن وأنی شرِیر وش تھاوُن    کام کرۄد لۄب اہنکار ترٛاوُن
راگ دِ ے ترٛأوِتھ وأراگ پڑاوان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

سارِنۍ زیون سمان زانان    نہٕ کُنٛہ غم نہٕ یژھا تھاوان
سُہ پَرا بکھتی چھُ پڑاپت سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

پرأبکھتی ستۍ مےٚ بڑہمس زأنِتھ    یہٕ یہٕ چھُس یتھ چھُس یہٕ توت مأنِتھ
أمی تتو گیانہٕ مےٚ منٛز لے سپدان    وۄن بھگوانن گیتا گیان۔

اَمہِ کھوتہٕ بوڈ تہٕ ٹوٹھ کرمہٕ وان کاںٛہہ    نہَ پرٛتھوی پیٹھ نہَ آسہِ برٛونٛٹھ کُن کاںٛہہ
تٔمِس تھوٚد نہٕ ٹوٹھ کاںٛہہ باسان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پوٗرُش اَسہِ دۆن ہُنٛد یہِ سمواد    گیِتا لولہٕ سان پَرِ تہٕ تھَوِ یاد
تٔمۍ سُنٛد گیانہٕ یگنٕ آسہِ بوزنہٕ یِوان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یُس پوٗرُش شردایہِ بیٚیہِ لولہٕ سان    دوٚش درٛشٹی روٚس بوٗزِ گیِتا گیان
سُہ اُتم لوٗکن چھُ پرٛاپت سپدان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ہے ارزن ژٕ ایکا گر گرِتھ مَن    یہِ گیِتا گیان اوٗسکھ بوٗزان
نشٹ سپد یوٗوے موہ تہٕ اگیان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

ارزن دپو ونان

ارزن چھُس ونان ہی بھگوان    سُمرتی مےٚ پرٛاو نشٹ گو اگیان
چاںٛنٕ آگنیا بہٕ پالہٕ خوشی سان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

سنجے ونان

سنجے ونان یتھ پاٹھۍ یہِ پُراِسرار گیان    ارزن دپوس ونان کرٛشنہٕ بھگوان
مےٚ بوٗزی بوٗزی روم ہرٛش اوس سپدان    وۆن بھگوانن گیِتا گیان۔

یتھ کنٛ پُر اِسرار تہٕ اُتم گیان
وونمے پۆزٕ پأٹھی دِ اَتھ کُن دیان
پَتہٕ ژٕ تی کر یہِ چھُکھ یژھان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ یژگُپت بێیہِ سِرٕ وول وچن
چانہِ ہیتہٕ خأطرٕ بێیہٕ وِنے تھوگن
ژٕ مےٚ ٹوٹھ چھُکھ سپدی کلیان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے ارزن مےٚ ارپن کر پَنُن مَن
میأنی پۆزا کر بٔھتی مۆن بن
مےٚ بار بار روز پڑنام کَران
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ گٔرِتھ مےٚ ضرۆر پڑاپت سپدِ کھ
چھُسے واد کَران بوز بے شک
تِکیٔازِ ژٕ چھُکھ مےٚ ٹوٹھ باسان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

سأری درٕم تہٕ کرم تیأگِتھ
شرن گژھ مےٚ سرٕو اُدار زأنِتھ
تمام پاپو موکہٕ لاوتھ دوکھو سان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یہِ گیتا رۆپی گیان چھُ اُتم سبٕتھا
بکھتی تہٕ تَپہٕ روستس ؤنہِ زِنہٕ زانٛہہ
خاص کریمن نہٕ بۆزنٕچ کل آسان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

یُس یہِ سبٕتھا لولہٕ تہٕ پریمہٕ سان
میأنین ٹاٹھین بٔھکتن بوزٕ ناوان
سُہ پورُش مےٚ بے شکھ پراپت سپدان
وۆن بھگوانن گیتا گیان۔

ویاس جی نہِ کرٛ پایہٕ أس مےٚ دِیُت — درشٹی ونان ارزن دیوٗس کرٛشن جی
مےٚ پانہٕ وُچھ تہٕ بوٗزیہِ پوٗتر گیان — ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے راجن بار بار چھُم پیوان یاد — کرٛشن جی یُن تہٕ ارزن دیون سمواز
سُہ پُراسرار تہٕ کلیان کأری گیان — ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

شری ہری سُند سُہ وِشو روٗپ وُچھِتھ — تہٕ بار بار چھُس تمیک ڈیان کُرِتھ
آش ژرس گرٛھان تہٕ خوشی پرٛاوان — ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

ہے راجن یتہٕ یوگیشور کرٛشنہٕ بھگوان — یتہٕ ارزن گانڈیو دھنُش دأری مہان
تتہِ نیاے، وِجے، وِبھوٗتی آسان — ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔
شکتس سپُد کلیان — ووٚن بھگوانن گیتا گیان۔

سأرِسے بھگوان کرٛشنہٕ جینہٕ دیایہٕ ستی شریمد بھگوت گیتا یہ ہُنٛد یہ
أتھی ستی ووٚت یہ
کأشُر ترجمہ لیلایہٕ ہِندِس روٗپس منٛز اند۔ سیوک تہٕ ترجمہٕ کار

پریم ناتھ کول ارپن
(بُوگام، کولہٕ گام کشمیر)
ونایک نگر مُٹھی جموں

25 نومبر 1995

